# کُلیہ سیاست

مُصنف

منظور فاضلی

شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# کُلیۂ سیاست

مُصنف

منظور فاضلی

شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# انتساب

پننِس ٹاٹھِس ءِنٛدرِ ناوِء نیُس مےٚ

سُکنےٚ کاٗفی چھُ ۔

| | | |
|---|---|---|
| لیکھنُک وری | : | سنہ ۱۹۷۳ء |
| چھاپُک وری | : | سنہ ۱۹۷۴ء |
| گۄڈنیُک چھاپ | : | ۲۰۰ |
| موٗل | : | ژور روپیہ |
| پریس | : | مرکنٹائیل پریس سرینگر |

میلنُک پتاہ

ونہ گام بنڈ پور کشمیر

# تعارُف

عزیز منظوٗر فاضلی صأبن چھُ یہ رسالہ لیکھتھ کأشرِ زبأنی ہُنٛد دامن وارِیاہ وُسی کوٚرمُت، تکیازِ یہِ موضوٗع چھُ سُہ یُس تہٕ کأنٛسہ معلوٗم آسنہٕ باوجوٗد معلوٗم چھُنہٕ۔ سیاست چھےٚ دراصل اِنسانہٕ سٕنٛزِ روزمرٕ زندگی ہٕنٛدِ تجربہ، یِم تجربہ ووت انسانن وارِیاہ کال کران۔ یِمنے تجربن ہٕنٛزِ روشنی منٛز چھُ سُہ اکھ تیٚتھ سماج قائم کرنٕچ کوٗشش کران۔ یُس تٔمِس سازگار آسہِ۔ ییٚلہِ نہٕ یہِ سماج چھُ تٔمِس حسبِ مُراد بنان، سُہ چھُ اَتھ خلاف یا تہٕ نٔرِ وانہٕ بغاوت کران، یا اگر نہٕ حالات بغاوت کرنٕک اجازتھ دِن تیٚلہ چھُ سُہ پننِس محروٗمی ہٕنٛد حال" درحدیثِ دیگران" وَنان۔ کوشُر لفظ چھُ امہِ خأطرٕ "زُرکہٕ"۔ یِم زُرکہٕ چھےٚ شأیری منٛز لطیفن منٛز، محاوراتن منٛز، پأٹھرن منٛز، داستانن منٛز لبنہٕ یوان تہٕ یِم زُرکہٕ چھےٚ اکہِ وقتہٕ سون سُہ ادبی سرمایہٕ بنان۔ یتھ نہٕ گُنہ حسابہٕ جواب چھُ۔ منظوٗر فاضلی صأبن چھےٚ یہِ کتاب لیکھتھ پرانہٕ وقتہٕ بیٚھ

# فہرس

اَزی کِس زمانس تام اَدبکۍ مختلف اصناف ژاٲری مہتھ۔ یِمَن ہُنٛد تولُق لوٗکن سِیتۍ چھُ۔ Folk چھُ انگریزی لفظ۔ اَتھ نِسبتھ چھُ وَنَنہٕ یِوان زِ ذٲتیک مُصنِف چھُنہٕ معلوٗم آسان، مثالہٕ خیالہٕ گرٛنٛدھ اَتھ دَرٛنٛدھ ہتاوُ سعَتھ دِیُن، یِتہٕ تِہ سوروٗے گرٛنٛدھ Folk ادب مانُن، یُس لوٗکن اندر مقبوٗل آسہِ۔ اَمی موجوٗب چھُ مثالہٕ خیالہٕ یتھ کِتابہِ اندر تہٕ سوروٗے جمع کرنچ کوٗشش کرنہٕ آمژ یہٕ لوٗکن ہٕنٛزٕ زیٛوٗن پیٹھ چھُ۔ تہٕ یُس لوٗکن ہٕنٛدِ سیاسی شعورچ ترجمانی کران چھُ۔

اَکِہ ہیٚنزِ چ آیہ مےٚ کمی بوزنہٕ۔ تم گیٚ ساٲلاب نامہٕ یَکٔشیرِ چھُ دوٚہے اوسمت ڈراگ، ماگ نۍ پُپ۔ توٚے چھ کٲشرِ زبٲنی اندر ساٲلاب نامہٕ یرٛٹہٕ عالی شان لیکھنہٕ آمتۍ۔ اگر یِمن ہُنٛد تذکرٕ تہٕ آسِہے سپُدمُت، کٔشیرِ ہنٛد سماجی پہلو وِچ آسہ ہے مکمل عکاسی سپزمژ تہٕ یہٕ کتاب تہٕ روزِ ہے بہر رنگ مکمل۔ مےٚ چھےٚ ووٚمید زِ یہٕ کتاب سیدِ مقبول تہٕ ییٚلہِ وارِکارٕ پیٚمیتیک دوٚیُم ایڈیشن چھپہِ، تتھ اندر آسہ یہٕ کمی پوٗرٕ آمژ کرنہٕ۔

میر غلام رسول نازکیؔ

# پیش کتھ

لُکہٕ سیاست چھےٚ تہٕ ہار ژٕونٹھ کُن پیش۔ اَتھ موضوعَس پیٹھ لیکھنُک خیال چھُ مےٚ جناب پروفیسر ظہیر احمد قریشی صابَس (صدر شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی) نِشہِ حاصِل کوٚرمُت۔ بٕ اوسُس ۱۹۸۱ ءہ منٛز تمن نِشہِ ریسرٕچ کِس سلسلس منٛز موضوع ژاران، یِیلہِ یہِ آو زیرِ بحث۔ مےٚ کوٚر ریسرٕچ کرنہٕ خاطرٕ بدٕل موضوع مُشخص۔ کیٚنہہ کال گژھتھ باسیوو مےٚ زِ بٕ ہیکہ اَتھ موضوعَس پیٹھ تہٕ لیکھنُک دَسلابہٕ کٔرِتھ۔ یِمیُک نتیجہ یہِ کتاب چھےٚ۔ بٕ چھُس قریشی صابُن شکر گُذار زِ تمو کرنوو ہَس بٕ ریسرٕچ کرنہٕ خاطرٕ رجسٹر تہٕ دُنی کیٚن چھُس بٕ یِیس موضوعَس پیٹھ یِمنے سیتی تحقیقس کُن لوٚگمُت۔ یِمو چھیٚ مےٚ تحقیق کرنَس کُن مٲل۔ قریشی صابُن خیال چھُ زِ یہِ کتاب گژھہِ انگریزی یس منٛز تہٕ چھاپہٕ سپدٕنۍ۔ وۄمید چھَم زِ تہٕنزٕ یہِ خاہش تہٕ سپدِ سیٹھا جلد پوٗرٕ۔ انگریزی یس منٛز یہِ کتاب لیکھنچ کٲم چھےٚ مےٚ دردست ہیمٕژ۔

کتابِ ہُند موضوع دُچھِتھ گژھن میانۍ پرَن والی حارٲن زِ یہِ لُکہٕ

سیاست کیاہ کیہ تہٕ ییٚہ محاورٕ کتہٕ دراو۔ کتاب پٔرِتھ یوٚد تمن کینژن سوالن جواب حاصل گژھن مگر توتہٕ روزن تِہُندی کینہہ سوال جوابہٕ بغٲر سارِے کھوتہٕ یُس پرن وول حاٲران گژھہ سُہ چھُ علم سیاست زانن وول۔ سُہ کرِ اکھ اہم سوال زِ ییٚلہِ سیاستک تصوٗر کتھ پولیٹکل سائنسچہ کتابہٕ منز چھُ۔ تکیازِ ییٚہ چھُ اکھ نوٚو تصوٗر۔ علم سیاست زانن والین کرٕ بہٕ گذارش کہ تِم لیکھن مٔنٛے پرٕنہٕ پتہٕ زِ کُنی کیٛن کیٛس علم سیاسیاتس منز ییٚلہِ علم نفسیاتک تہٕ انسانیاتی علمک اثر آسہِ تیٚلہِ کیازِ ہیٚکہِ نہٕ یتھس موضوعس پیٹھ تحقیق کٔرِتھ لیکھنہٕ۔

ییٚہ کتاب لیکھنس منز چھُس بہٕ واریاہن دوستن تہٕ رفیقن ہُند شُکر گذار یِموٚ مٔنٛے عملی مدد دیٛت۔ یِمن ہُنٛد بہٕ خصوٗصی شُکر گذار چھُس تِموٚ منز چھ بامبرادہِ کو (تحصیل بیروہ کشیر) تِم یِمو اتھ کتابہِ یِموٚ مٔنٛے پانٛژن متعلق تمام معلوٗمات بہم کٔرۍ۔ تِموٚ منز چھ (۱) جناب غلام احمد بٹ (ب) خواجہ محمد بٹ (ب) جناب عبدالخالق بٹ تہٕ (ت) خواجہ ولی محمد بٹ قابلِ ذکر۔

اَمہِ علاوٕ چھُس بہٕ گورنمنٹ کالج سوپور چ لائبریری ہُندۍ جناب محی الدین وانی صاحبن (لائبریرین) تہٕ غلام حسن کیانی صاحبن شُکر گذار زِ تِموٚ تراوۍ تمام لائبریری ہُندۍ درواز میانہٕ خاطرٕ یلہٕ۔

بہٕ چھُس پننہٕ بیکا کنہٕ پادشاہ بیگمہٕ ہُنٛد شُکر گُذار یُمہِس زٕنٛشہ

منٛز کینٛہہ وَنہٕ وُن بوٗزٕنہٕ یتھہ کتابہ منٛز درٕج کٔرۍ۔

یوٗدوَے میٛشانہ دستہٕ کأشرِس تأرخس یا کلچرس مُتلق کُنہٕ اثٕر

واش نیرِ اَکھ اندر چھنہ میانۍ عُلمی قأبلیتھ تیٖژ ہاوِنۍ باوِنۍ لایق

یوٗت منٛز پٔتِس مأنِس ماجہ ہُنٛد سُہ دُعا مُستجاب آسہِ ربٕ وُمتٕ یُس

رتم منٛز لوکہٕ چارہٕ پیٚٹھ کران چھ رٕوٗدی رٹمتۍ۔

پروفیسر حاجنی صأبُن تہٕ چھُس بہٕ سٮ۪ٹھا شُکر گُذار زِ تمو بوٗزِ یہ

کتاب تہٕ منٛز دِتکُھ رٔتۍ مشورٕ یِیمہ موٗجوٗب یہ لوٗکن برٛونٛہہ کُن تراوِنۍ

لایق گَیہ۔

بہٕ چھُس نازکی صأبُن شُکر گُذار زِ تمو کٔر یتھہ کتابہ نظر ثأنی تہٕ

تصحیح کرنہٕ پتہٕ لیوٗکھ کھٔنٛک تعارُف۔ نازکی صأبنہٕ تعارف لیکھنہٕ پتہٕ

کوٗر منٛز "سہلاب" نامہ تہٕ یتھہ کتابہ منٛز شأمِل۔

۱۹۷۴ء

**منظوٗر فاضلی**

(ونہٕ گام بانڈی پورہ کشمیر)

# لُکہٕ سیاست

پٔرتھ کانٛہہ سماج چھُ اَکِس خاص سیاسی ہانٛکلہِ ہُنٛد پابند آسان۔ آدمہٕ سٕنٛدِ تھٔنہٕ پیٛنہٕ پیٛٹھٕ وۅنِس تام چھُہ ہمیشہ اَکِس نہٕ اَکِس ہانٛکلہِ تَل رُودمُت۔ کُنہِ وِزِ اوس سُہ اَکِس بادشاہ سٕنٛد غلام تہٕ کُنہِ وِزِ اَکِس ظالمہٕ سٕنٛد تہٕ وِزِ وِزِ آسے حاکم تہٕ گٔے حاکم اماپۄز یِمہٕ سیاسی ہانٛکل گٔیہ نہٕ انسانس نِشہ بٔیوٚن۔ تۅرے چھُ وۅنی کینہہ کٔس زمانس منٛز تہٕ انسان آمی ہانٛکلہِ تَل تھٔد ہانٛکونہٕ یِوان۔ فرق چھُ صرف یہِ زِ وۅنی کینہہ چھِ لُکھ پانٛسے پننہِ خاطرٕ سیاسی نظام ژھاران تہٕ قائم کران۔ ژھارُن تہٕ ژارُن چھُ وۅنی کینہہ یِہُنٛد حق۔ پٔتھ کالہٕ اوسنہٕ۔

وۅنی چھُ سوال زِ آخر سیاسی نظام کیاہ گو؟ اَتھ سوالس چھُ باقیو علاوہ پروفیسر رابرٹ ڈال جواب دِوان زِ یہِ چھُ سُہ اِنسانی رِشتہٕ یَتھ منٛز دوہلن جہرن ہُنٛد آسُن ضروری چھُ۔ اَکھ یہِ زِ کانٛسہہ ہُنٛدِس اَتھس منٛز چھُ اقتدار تہٕ دۆیُم یہِ زِ تمِس چھُ لُکن پیٛٹھ حکومت کرنُک طاقت۔ یہِ تاریف چھُ امہ پۄز سیٛٹھا وسیع۔ امہِ تاریفہِ مۄجوب چھِ

مختلف ادارٕ موٗزوٗن ہشر جماعتہٕ، مذہبی تنظیمہٕ، شہری ادارٕ تہٕ کمہِ تام
سیاسی تنظیمہٕ بنان۔ اما پوٗز چھُ موٗمن ہیکن تہٕ کینٛہہ سیاسی تنظیمہٕ تصور
شیدِ کھ۔ یہٕ چھُ پزر زِ ہرتھ گژھ! ادارس منز چھُ گژھ جایہ سیاسی رشتہٕ
موٗجوٗد۔ کمہِ چھُنہٕ سیاسی تنظیم اما پوٗز اَتہٕ تہٕ چھُ گژھ جایہ سیاسی رشتہٕ
موٗجوٗد تکیازِ کانٛہہ کمہِ زِ ٹھ چھُ ہینن بچن سیٹھا آزادی دوان
تہٕ بیاکھ سیٹھا کم۔ پروفیسر رابرٹ دال چھُ اَوے موٗجوب سیاسی
تہٕ اقتصادی نظامن ینتھ کنہ رشتہٕ قایم کران۔

| سیاسی تنظیم | اقتصادی تنظیم |
|---|---|
| اکھ جمہوریت ہیکہ | اکھ سرمایہ دار نظام اُسِتھ |
| اکھ جمہوریت ہیکہ | اکھ سماج واد نظام اُسِتھ |
| اکھ آمریت ہیکہ | اکھ سرمایہ دار نظام اُسِتھ |
| اکھ آمریت ہیکہ | اکھ سماج واد نظام اُسِتھ |

اَمیک مانے گوٚو زِ اکھ جمہوریت ہیکہ اقتصادی طور اکھ سماج
واد یا سرمایہ دار نظام اُسِتھ۔ ییتھے کنہ ہیکہ اکھ آمریت تہٕ اقتصادی
طور اکھ سماج واد یا سرمایہ دار اُسِتھ۔

اما پوٗز یُس تہٕ سماج آسہ شہ ییٹھہ قسمچہ سیاسی ہانکلہ تہٕ ڈلِتھ
آسہٕ سہ چھُ سیاسی طور رابرٹ دال تہٕ وننہ کینٛژن خاص چیزن منز

تقسیم سپدان۔ سماج وادی نظامک پرستار چھِنہٕ امہِ قسمچ تقسیم قبوٗل کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ یوٚت تام جموٗہوٚری طرز حکوٗمتُک تعلق چھُ تتہٕ چھ رابرٹ دال اَکِس سماجس یِتھہٕ کٕنۍ تقسیم کران:




صاحب اقتدار چھُ سہ سیأسی طبقہ یُس لوٗکن پیٹھ حکوٗمت کرنُک طاقتھ چھُ تھاوان۔ طالب اقتدار چھ تِم لوٗکھ یِم اقتدارس پیٹھ چھ قبضہ یژھان کرُن۔

سیاست کار چھِ سُہ لُکہ جماعت یوسہ کُنہ نتہ کُنہ طریقہ سیأسی رشتہ قأیم چھِ کران۔ آمیُک مانے گوٚو زِ یِم لوٗکھ چھ مختلف طریقو ذٔریعہ سیأسی فأصلہٕ ننس منز شریک سپدان۔ غأر سیأسی طبقہ چھُ بوٚڈ ہشیوٗ طبقہ۔ اَمِچ خوٗصوٗصیت چھےٚ یہ زِ یِم چھِنہٕ سیاستس

سیٖتؠ کانٛہہ دِلچسپی تھاوان ۔ یہِ طبقہ چھُ سیاستہٕ نِشہِ بے دِل آسان ۔
ؤمہ بے دِلی ہُنٛد چھُنہٕ یہِ مطلب زِ یتہٕ کیاہ چھُ یہِ غٲر سیٲسی طبقہ
غٲر شوٗعوری ۔ پزر چھُ زِ ؤمہ طبقکؠ لوٗکھ تہٕ چھِ سیٲسی معاملن مُتعلق
احساسات تھاوان ۔ تِم چھِ اُکس سیٲسی نظامس منٛز پابندٕ تہٕ تِمن
تہٕ چھِ سیٲسی احساسات ۔ تِمن منٛز چھےٚ اکھ کمی ضروٗرؠ ؤرِ سہٕ گوٚو سیٲسی
عمل ۔ یِیلہِ کانٛہہ سمٲجی طبقہ سیٲسی عملہٕ نِشہِ ژٕلان چھُ تہٕ ژٕلِتھ
تہٕ چھُ سیٲسی احساسات پننہِ زباٗنؠ ہُنٛد کٕڈی یہِ بٕرونٛہہ کُن ژٕراوا ۔
تِہندٕ وٕنہٕ بہٕ زِ سعہ گیہٕ لکہٕ سیاست ۔

اَما پوٚز یہِ لکہٕ سیاست کُس رنگ چھےٚ پیش کران ۔ یہِ چھا
صاحبِ اِقتِدار ، طالبِ اقتدار کِنہٕ سیاست کارٕ سٕنٛز ترجمانی کران ۔
ہرگاہ یہِ یمو طبقو منٛز کُنہٕ تہٕ طبقچ ترجمانی آسہ کران ۔ تیٚلہٕ ہیٚکہٕ نہٕ
یہِ لکہٕ سیاست اُسِتھ تکیاز تیٚلہٕ چھُ یہِ پروپگنڈا ۔

یِیلہِ کُنہِ ساعتہٕ لکہٕ سیاست صاحبِ اقتدار سٕنٛز ترجمانی
کرِ تہٕ یہِ آسہِ پروپگنڈ ہُک نتیجہ تیٚلہِ چھُ لکہٕ سیاستس تہٕ
بالایی طبقچہِ سیاسَتھ پانہٕ واٗنؠ واتھ ۔ مثال چھےٚ زین العابدین
صابنہِ حکوٗمتُک تہٕ اقتدار ۔ سہٕ اوس نیک تہٕ رعایا پرور بادشاہ تہٕ
توتہٕ گوٚو غٲر سیٲسی طبقس یہِ احساس زِ سہٕ گوٚو ژھُہ لکہٕ سیاستس

منز مشہور روزن۔ سُہ چھُ دُنیہ کِس تہ کاشرِس نِشہِ "بٲدشاہ"

ہرگاہ صاحبِ اقتدار ژۄر ژھیٚپہ لُکن منز ہنٛز پانن پیور
کرنٕچ کوشش کرِ تہ یِنٛسہٕ اتھ رلوٚسۍ سیٚتۍ یا زور زبردستی سیٚتۍ
اَتھ منز کامیاب یِژھ گژھن تیلہِ چھُ صاحب اقتدار ژھۄرتہٕ نتیجہ
نیبرِ ژمۍ سُنٛد اقتدار، بٔنِتہ یِیہ تمۍ سنٛز بدلی ہیٚتھ بروٚنٛہہ کُن۔
مثالہ پاٹھۍ چھُ پٲتھر گرین ہُنٛد مغل پٲتشاہس موغلن ہنٛدِس
حکومتس پیٹھ سراسر تنقید چھُ۔

لُکہ سیاستچ یہ بہ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ سوٗ چھےٚ یِتہٕ ز
اَمیُک بانی چھُنہ لبنہٕ یوان' یتھ پاٹھۍ نہ لُکہ ادبُک وَنن وول لبنہ
چھُ یوان۔ یہ چھےٚ پیٚدہ در پیٚدہ بکان۔ یہِ نہ چھےٚ ہمکہ درج کنہ دلیل
تہٕ نہ پأٹھۍ۔ یہ چھےٚ پرأنی روایتی کنہٕ محاورہ، دلیل پٲٹھۍ تہٕ
بیترِ، تکیازِ صاحب اقتدارس چھُ یہ غٲر سیاسی طیقہ کھوژان۔
لُکہ سیاست چھےٚ سماجس منز اندری نژان آسان یوٚت تام صاحب
اقتدار کُرسی پیٚٹھ چھہ روزان۔ یام صاحب اقتدار کُرسی پیٹھ چھُ
محروم سپدان تام چھےٚ یہ سیاست تٲکارِ پاٹھۍ نیٚبر نیران۔

بیاکھ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ اَمہ سیاستٕچ زِ یہ چھےٚ حقیقی سیاست
پیش کران۔ تکیازِ یہ چھہ شعوٗر سیاسی احساس۔ جمہوری طرزِ حکوٗمت

اُسوتَن یا سماج واد نِظام حوکومَتھ۔ بالائی طبقہ چھُ پننہِ حوکومَتھ
ہیٚان نازان۔ لوٗکھ یوٚد پہٕ بے اِنصاف حوکومَتھ زانَن تیٚلہِ چھِ تِم پننہِ
زبٲنۍ منز اَتھ تِمی قِسمٕک موٗدٕ زٕٹھان۔ موجوٗدٕ وَقتس منز چھُ گوکرٕ لفظ
اَنِہچ تہٕ جہٲنی کران۔

اَدٕ پتہٕ چھُ یہٕ سوال پٲدٕ سپدان زِ اَتھ لُکہٕ سیاستس کُس
ذٲتی یہ چھُ ییٚمہ رٔنگہٕ یہ دریشٹھ چھُ یوان۔ لُکہٕ رس چھُ لُکہٕ سیاستُک
بہترین ذٲتی یہ۔ تِکیازِ لُکہٕ رس چھِ اَمہِ بوٗنی مہٕ طبقچ سماجی، اخلاقی
اقتصادی تہٕ بیتر احساس پیش کران۔ اَما پوٗز سیاسی احساس تہٕ
چھُ لوٗکَن نِشہٕ موٗجوٗد۔ لہٰذا چھُ شہ تہٕ اَتھ لُکہٕ رسَس منز موٗجوٗد
آسان۔ لُکہٕ رسَس تہٕ چھےٚ یہٕ خوٗصوٗصیتھ زِ اَمیُک نہٕ چھُ بناون وول
تہٕ نہ بناونُک وَقت لَبنہٕ یوان۔ اَمیُک پرٕتھ کانٛہہ حِصہ چھُ اَسہِ
نِشہٕ رِوایتَن واتان۔

سیاسی رِشتچ بَڈ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ زِ اَتھ رِشتس منز
گژھہِ اِقتدار تہٕ حوکومت کرنٕک توٗلُق ضروٗر آسُن۔ لُکہٕ سیاست
چھا یہ رِشتہ قائم تھاوان کِنہٕ نہ۔ لُکہٕ سیاستس منز چھُنہٕ اَمہِ قِسمٕک
کانٛہہ رِشتہٕ توٗلُق۔ اَما پوٗز یہ چھُ صاحبِ اِقتدار، طالبِ اِقتدار، تہٕ
سیاست کارَن مُتعلق پننہِ خیالات تہٕ احساسات پیش کران اَکھ

مُوجوٗب چھُ یہِ زِ سیاسی تولُقس سیتۍ واتھ لبان۔

کاشُر سماج تہٕ چھُ اکھ سہٕ سماج یُس گوڈٕ پیٹھے سیاسی ہالژن

ہُنٛد پابنٛد روٗد۔ کاشرِ تہٕ دِچھو واریاہ سیاسی ہنگامہ۔ ظالم

بادشاہ تہٕ دِچھکھ تہٕ نیک تہٕ رحمدِل بادشاہ تہٕ اسکھ۔ آمریت تہٕ وُچھ

تہٕ جموٗہوریت تہٕ تٕرکھ۔ کاشرِس سیتۍ آمٕژ روٗز کاشرِ سٕنٛز زبانؠ

تہٕ یہِ یہِ لکہ رٕسہ سیتۍ بٔرتھ چھےٚ۔ اتھی لکہ رٕسس منٛز چھےٚ پتیٛر

سیاسَت، یمیٛر شاید کُنہ تہٕ ترقی یافتہ قومچہ زبٲنؠ منٛز ورینٛھ بیہہ۔

کاشرِ لکہ رٕسس چھےٚ اسہ کیٛتھہ لنچہ، یمن بتھن بتھن سام

ہینہٕ سیتۍ ہیکہ اسہِ لکہ سیاسَتک لُب لُباب حاصِل سپدِتھ۔ توٚے

کرو اسہِ پینہٕ والین صنفن منٛز لکہ سیاسِچ ترجمٲنی۔ یمن لنچن اسہ

خوٗصوٗصی طور سام چھےٚ ہیٛنہٕ مژ تمن منٛز چھےٚ لکہ کتھہ، لکہ دلیلہ

لکہ بٲتھ تہٕ بانٛدٕ پاتھر شامِل۔

# لُکہ کتھ تہٕ سیاست

کتھ کٔس چھےٚ کران۔ کتھ چھےٚ انسانس اشرف المخلوقات بناوان۔ کتھ چھےٚ تم لفظ یم اکھ شخص پننہٕ زیوٚے چھُ بولان۔ کأشرٕ چھُ کتھ کأژ۔ سُہ چھُ شاید سارِنٕے قومَو کھوتہٕ زیادٕ کتھ کران۔ دِیان یُس کتھ ژٕرٕ چھُ کران سُہ چھُ اَتھ کم کران۔ کأشرِس متعلق چھےٚ یہ رائے صحی باسان۔ سُہ چھُ اکثر نابدٕ تنگن پتھ یاران آسان۔ امہٕ قسمٕچ رائے چھےٚ لارنس صٲبنہ کتابہ وادی کشمیر منز نٕنیتھ یوان۔ اکثر بیرونی سیاح یم کشیر ہندس تہذیبس تہٕ ثقافتس پیٹھ لیوکھمت چھِ، چھِ امیکو قائل۔

بہرحال کتھ چھےٚ وارِیاہ قسمٕچ۔ کینہہ کتھ چھِ امیر بٔنِس عیالس سیتی کران، کینہہ گرٕ نبرٕ۔ کینہہ محلہ باجن سیتی تہٕ کینہہ گامہ باین سیتی، کینہہ شہرٕ باشن سیتی تہٕ کینہہ افسرن تہٕ ماتحتن سیتی تہٕ کینہہ بڈن تہٕ شُرین سیتی۔ کتھ منز چھےٚ کوتاہ نیران زِ یِتھ کتھ ہنٛد چھُ اکھ بتٕون مزاج۔ کأشر زبان چھےٚ تیتھٕے بٔنی

یُوت کأشُر چھُ تہٕ کأشِر کتھہٕ تہٕ چھےٚ کأشِرِس سیٖتھۍ زامُژ۔ اَما پَزٕ
بیٚیلہ کأشُر ٹھینہٕ پیو، تیمۍ پَتہٕ سیاست تہٕ کتھہٕ دونوٚے ہیٚتِہ ٹھینہٕ۔
مُشکل چھُ صرف یہ زِ ... لکہٕ سیاسٕتچ کتھہ آیہٕ نہٕ لیکھنہٕ۔ کینٛہہ کتھہٕ
چھےٚ تأرِیخس منٛز یِیمہٕ گأمژٕ تہٕ کینٛہہ چھےٚ سہلا بہٕ منٛز نیرتھ اَسہ
تام واتمژٕ۔ یِمہٕ تہٕ کتھہٕ اَسہٕ تام واتمژٕ چھےٚ تِمن سام ہیٚنہٕ سیٖتھۍ چھُ
یہ نَنان زِ کأشُر چھُ سیأسی طور ہمیشہ باشعور اوسمُت۔ اَما پَزٕ کینٛژ
دأخلی تہٕ بیرونی وجوہاتو رٕکھ اوس سُہ سیأسی مأدانس منٛز
صرف بوٚڈیس طبقس سیٖتھۍ وابستہٕ۔

ظُلمُ اُبسعہٕ تہٕ چھُ کأشُر ہمیشہ وفادار رُودمُت۔ تِمس
چھےٚ خبر زِ ریاست کیتھہٕ کنہٕ چلہٕ تہٕ سُہ چھُ زانان زِ اگر ریاست ٹیکس
وصول کرِ نہٕ تیٚیلہِ چھیٚنہٕ اَکھ ریاست چلِتھ ہیکن۔ باسان چھُ زِ کأشُر
چھُ سیٹھا بوٚنٛہ پیٚٹھٕ ریاست کین تمام عاملن پیٚٹھ نظر اوسمُت
تھاوان، بیٚیلہِ سُہ یہ وَنان چھُ "بیٚیلہ باج گو تیٚیلہ برکت گیہ" ؟ اَتہِ
مانے گو زِ یوت تام نہ ریاست ٹیکس عائد کرِ توت تام چھیٚنہٕ ترقی مُنٛد
کأنٛہہ اِمکان۔ ترقی چھےٚ ٹیکسن سیٖتھۍ وابستہٕ یِوان کرنہٕ۔ یہ چھےٚ
لہاز اسہٕ کتھہٕ یِمہ سیأسی اُصولس ویرٛشیناوے کران چھےٚ۔
کُس کأشُر چھُنہٕ وزیر پنُن مُنٛدناو زانان۔ سُہ اوس جہادِ

رنبیر سنگھ جین کٲشیر ہنٛد خاطر وزیر مُقرر کوٚرمُت۔ اَمہِ ہِنٛدِس
وَقتَس منٛز گیٚے کٲشیر پیٚٹھ وُنۍ ناو۔ یہِ سپٕز اَمہِ سٕنٛد ظالمانہٕ رۄیہٕ
سیتۍ تہٕ بێییہٕ ناگہانی بلایو موجوٗب۔ وَباہ آو تہٕ سیٚٹھاہ لوٗکھ گیٚے
پننہٕ وَتہٕ۔ بارِش سپٕز تیٚتھ زِ فصل ہیوٚکنہٕ وۄہ پدٕ تھ۔ یمیُک نتیجہ یہٕ
دراو زِ لوٗکھ موٗدۍ بوچھہِ کران۔ بیٚیلۍ تہٕ آیہ واریاہ تہٕ پرگنہٕ
کرۄہن تہٕ ہانٛگلِج زمین پھُٹ۔ بھادوٚنس منٛز پیوٚ شیٚخ رۄد تہٕ شیٚن۔
بادشاہَس خلاف سپٕز اَکھ زِ سازش یمہٕ نشکہ گیہ تہٕ کینٛہہ سازشی
آیہ پھانسہِ دِنہٕ۔ بیٚیلہِ لوٗکن پیٚٹھ ژھنگہٕ مُصیبتھ آیہ تمو مون وزیرٕ پن
منحوٗس حاکم۔ نتیجس منٛز بنیہ یہٕ لکہٕ کتھ "وزیر ژلہٕ، کٲشیر بلہٕ" لوٗکن
ہُنٛد خیال اوس زِ یُس دود تہٕ دگ کٲشیر لاریوٚمُت اوس، سُہ ژلِہ
توٚتہ تام یوٚت تام نہٕ وزیرٕ پُن واپس گژھہِ۔

اَگر تاریخ دانن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ پرتاپ سنگھ چھُ بڈٕ نیک خصلتھ
بادشاہ اوسمُت۔ دیان سُہ اوس پیٚٹھ اَکِس دادرسی کران۔ اَمہِ ہِنٛدِس
وَقتَس منٛز آیہ کٲشیر منٛز عدالتہٕ قایِم کرنہٕ۔ پرتاپ سنگھ صابَس نِشہ
آو اَکہِ دۄہہ اَکھ شخص شکایت کرنہٕ۔ وۄن تس زِ تمہٕ اَمہِ کینٛہہ زیور
اَکِس سوٗدرس نِشہ گرو تھاوِکۍ ہیتۍ۔ یہِ شخص اوس وۄنۍ روپیہِ واپس
کران تہٕ سوٗدرس اوس نہٕ پنٕنۍ زیور واپس دِتھان ہیٚتھ یوٚد سُہ پنٕنۍ کور

فائدٕ کرٕہے۔ سوٗدراوس تمس زیورن ییب ہیوان۔ دپان مہاراجن
ییٚلہٕ یہ معاملہٕ سرٕ کھر کوٗر تمۍ ووٗن اُمس شخصس زٕ سُہ پزار سوٗد پننہٕ ہیں
دُکانس پیٹھ دوٚہ دوہ ہا۔ ییٚلہٕ دوٚہ دوہ کٔرٕ تیٚہ شخص دُکانس
نزدیچھ روٗد تہٕ مہاراج صاحب آیاہی نوٗک۔ تمۍ نوٗمرو وکرٕ پیٹھ کلہٕ تہٕ
ووٗنن زن اُمس شخصس کنس تل کیا ہتھ آم۔ ییٚلہٕ سوداگرن یہ وُچھ سُہ
گو حیران تہٕ پریشان۔ پادشاہ دراو دوٗر پہن تہٕ سوداگرٕ پیو اُمس
شخصس کھورن پیٹھ تہٕ بیٚیہ کرٕ ہیٚتن زیورات واپس۔ اَتھۍ پیٹھ
چھے کاشُرٕ اکھ مثال بناوُمرٕ زٕ "کیتھ ہتہٕ دِتم کنس تل ہتم" اَمہٕ
سیتۍ چھُ کاشرِ یہ کتھ واضح کران زِ سیاسی بلیک میل چھُ ممکن۔ کانٛہہ
کاشُر ہیکہ نہٕ اتھ کتھہ انکار کٔرتھ زِ یہٕ ت سیاسی بلیک میل کنس تل
پہٕ [illegible] ہیکہٕ کھُن چھُ تیوٚت جھُنہ بیٚیہ کہٕ طریقہٕ سیتۍ ممکن۔

کاشرن کر اوس نہٕ بتہٕ کتہٕ۔ آسہیک تہٕ کیا زِ یہ۔ پرتھ کانٛہہ
قوم یُس دوہ ہتے آسہ غوہ لام ہووٚنت تمس گژھہ سُے حال آسُن یُس
آسہ چھُ۔ کم کم ظالم چھہ ساننہ کشیر آگاد کٔرمتۍ۔ تمو چھے یِمٕتہٕ یِہ دِژنۍ
نادکرٕ ہرٕ۔ تمو چھہ سانۍ اسلاف گٔن زانۍ ہتۍ۔ تمو چھہ تم ننگہٕ کرٕ ہٕتۍ
ظالمو چھہ لوکن یہ خط کانٛہہ چیز نتھ تباہی کرٕمژ۔ راجہ انمتاونتی تہٕ
مہرگل ہوکھ بادشاہ تہٕ چھہ کاشرِ وچھو ہتۍ۔ لوکن ہنز زندگی اُسکھ ناممکن

بناوِتھ۔ لوٗکن اوسُنہٕ نصیبہ زِ تِم کھیٚہن بَتہٕ کمائے کرِتھ۔ دان موٚنٛڈ
یوٗد حاصِل کرِہن تِتھ اُسکھ پَتہٕ آسان۔ محکمہ مالن اوس گٔنڈِ کار
تُلمُت۔ لوٗکھ بَتہٕ بتہٕ کرِہن ہٕ تہٕ ادٕ کیاہ!

ظالمَن ترووِنہٕ یہ کوشُر زانہہ۔ یِتھ وِز چھُس پتیٚ ۔ تریو
نہٕ کرِہنس۔ نم تہٕ نٕ لِہِنس۔ بجلی تہٕ تراوِہکھ نہٕ چھیکرس وَنہٕ بہ یہ زٕ کیشاہ
کوٗرہکھ ہٕ! اَوے موجوٗب روٗد کاشرِس بَتہٕ بتہٕ دوہٕ ہٕے۔ مگر یہ بَتہٕ
ہتہٕ دِتہٕ ہوٗکینہٕ نکیا زیادٕ تہٕ اوسکھ کاردار، زمیندار تہٕ محکمہ مالک اَفسر پَتےٚ
آسان۔ توَے ہیوٚ کاشرِس وَنُن زٕ " بَتہٕ بَتہٕ تہٕ بیادٕ پَتہٕ " لوٗکن اوسِنہٕ
بَتہٕ آسان تہٕ محکمہ مالک اَفسر اُسکھ مالیہ تہٕ جزیہ ہیٚنہٕ خاطرٕ پَتےٚ
روزان۔ وُنی کین چھُ حال بُتھوٗن یِہَن۔

محکمہ مال چہ سختی چھَ کاشرِس ورد زبان۔ ییٚتھ کالہ چھ اَمی محکمَن
کاشرِین سیٹھا سختی واتہٕ ناوِمژ۔ یہ محکمہ چھُ توَے بَدنام۔ وُنی کین
تہٕ چھِ وارِیاہ تالیم یافتہ کوشش کران زِ سُہ گژھہ محکمہ مالس منز مُلازِم
بنُن، ییٚتھ زَن تِمَس لوٗٹھ کرنُک موقہٕ ییہ۔ شاعرَو، اَدیبو تہٕ فن کارَو
چھےٚ وِزِ وِزِ اَمیہ محکمہ چہ سختیہ بَیان کرِمژٕ۔ پیادہ کرَنہٕ روٗد کاشرِس
پَتہٕ۔ کاشرِ یتیلہ بَتہٕ مونٛگ پیٚٹھ وُوتھس ڈنٛڈٕ تہٕ ییٚلہ حق حقوق
منٛگِن تیٚلہ آو تَس ناش کرَنہٕ۔ بَتہٕ بَتہٕ تہٕ پیادہ پَتہٕ بوزِتھ چھےٚ محکمہ

مال چھ رشوت خورٕ یاد پیوان تہٕ کأشرٕ چھ ونان زِ یڈ دگ چھےٚ ٹیڈ دگ تہٕ اَمس کوٚتاہ ژایو اُہیا دٕرایو ۔ یمہٕ زٕ محاورٕ چھ کأشرِس اَمہ کینژھ ہنٛز نشان دہی کران زِ تمی سٕنٛز کانٛہہ کأم یینہٕ تہٕ توٚتہٕ تام سرکأری محکمن منٛز اَندٕ وانہٕ ناوٕنہٕ یوٚت تام نہٕ رشوت یینہٕ دِنہٕ ۔ اَکھ سرکأری مُلازم ییٚلہِ کُنہٕ طریقہٕ احسان مند ییہِ کرنہٕ تیٚلہِ چھُ سُہ اَکھ کأم کرنہٕ خأطرٕ مجبوٗر سپدان ۔

رشوت ستأنی ہُنٛد بازر چھُ کشیرِ منٛز دہہ ہے گرم اوسمُت یُتھے موٗجوٗب چھ سانہٕ زبانِ منٛز وارِیاہ لفظ یمن اَتھ سیٛتھ واٹھ چھُ ۔ زٕ ژ چھُ سُہ لفظ یُس رشوت ستأنی ہنٛز ترجمأنی چھُ کران ۔ زٕ ژ چھےٚ اَکہٕ قسمچ رٕیس یمس چوٚنٛٹھ زیوٹھ آسان چھُ ۔ لأرِتھ چھےٚ گرٛٹھان محکمہ مال کین اَفسرن اوس پیٚتھ کالہٕ عادتھ زِ تمن گوٚرٛٹھ پوٚنسہ ، رسوم تہٕ بیترِ جنس کیو نقدی حأصِل سپدُن ۔ لہٰذا اوس تم زٕ ژ ہنٛدی پاٹھی لوٚکن اَکاد گرٛٹھان ۔ اوسے چھُ اَتھ لفظس وُنی کین معنی سُہ بور یُس اَکس شہریس سرکأری ملازمن ہنٛدِ خأطرٕ شانن پیٛٹھ تُلُن چھُ پیوان ۔ یہ بور چھُ رشوت ادا کرنک بور ۔

کشیرِ منٛز تأریخ چھےٚ یہ شہادتھ دِوان زِ تم برٛہمن یمو اسلام کشیرِ وأتنہٕ پتہٕ تہٕ پنُن مذہب تبدیل کوٚرٕ تہٕ تہنٛد طبقہ روٗد اکثر بادشاہن

رٕنٛشہ باأثر طبقہ۔ یہِ طبقہ چھُ وُنی کینٛہہ کأشُر بٔڑ طبقہ، یُس کشیٖر
منٛز مختلف بادشٲہَن ہٕنٛدین دربارَن منٛز فأصلہٕ نِنہٕ وول رُوُد۔ یمَن منٛز
تہٕ رُوُد اَکھ خصوٗصی خاندان یَتھ دَرٕ خاندان وَنان چھ، یٕمیُک وارِیاہ
افراد ڈوگرٕ راجَس منٛز کیو اَمہِ بروٗنٛہہ جان سرکأرۍ ملازمتَس منٛز رُوُد۔
اَکھ خصوٗصی رول ادا کران۔ اما یُوزِ کُس تام در اوس ظٲلِم تہٕ
تہٕ اَمہِ سٕنٛدِس وَقتَس منٛز گَیہِ لُکھ خراب حال تہٕ مثال تھٲوِکھ زِ
" در آباد تہٕ مُلکھ بوٗر باد "۔

کأشرِ زبٲنی منٛز یمہٕ تہٕ کہاوَتھ، مقولہ، ضرب الامثال، محاورٕ یا
تلمیحات چھ رٕٔژہِ اگر اَمہِ جمع کرو سہ بنہِ اَکھ بَڈ کتاب تہٕ یہِ چھُنہٕ ہیٚتھ
خأطرٕ ممکن۔ یمَن کتھَن منٛز ویرٕ ہناوٕ چھےٚ ییٚنہِ جمع کرنہٕ خطہٕ زیاد
مُشکِل۔ اَما یُوزِ کینٛہہ یمَن سیاستَس سٕتہٕ واٹھ چھُ، چھےٚ یوان تمہٕ
بروٗنٛہہ کنہٕ تھاونہٕ۔

(۱) پوٚت بادشاہَس غأبہٕ تھ۔

(۲) تِلہٕ تِلہٕ تلاو کھنان بادشاہَس لوٗٹ کران۔

(۳) حٲکِمَس تہٕ حأکِمَس نٕشِس رٕچھتم خدا یہ۔

(۴) دستارَن چھُنہٕ موٗل دربارَن چھُ موٗل۔

(۵) خأمَس سٕتہٕ گرٕ کرُن تہٕ عامَس سٕتہٕ ہرکرُن۔

(۶) موءِ قدمس نئے پھوکہ دَم آسی گامس کاسی شامس تام۔

(۷) پٹھان ڈھِیشتھ گڑِھ فارسی پھوڑن۔

(۸) ڈزی ہوز بھپ وپری بڈشاہ مئود۔

(۹) ہالو گگان تن دانِیس داہ کڑ گھ۔

(۱۰) بڈری نابھنہ اُدری موءِ

(۱۱) بھگہ شہن دفتر۔

(۱۲) پرتاپ سِنگھن دستار۔

(۱۳) سلام شہن سوہ چھپ۔

(۱۴) شیر سنگھن ڈراگ

(۱۵) ششیخ بہی

(۱۶) عظیم خانِنز چیٹ

(۱۷) عطا محمد خانِنز گاڈ بیگاری۔

(۱۸) لارن صحبن بندوبست

(۱۹) مُسیہ خانن کوستور

(۲۰) نبہ میرن اُنہر

(۲۱) وارث خانن چاہ

(۲۲) گلاب سنگھی پھٹو

(۲۳) سکھا شاہی

# لُکہٕ دلیلہٕ تہٕ سیاست

لُکہٕ کتھن ہنٛز بیاکھ لنٛڑ چھےٚ لُکہٕ دلیلہٕ۔ کأشرٕ چھُ دلیلہ بوزنہٕ خأطرٕ مشہوٗر۔ یہٕ اوس یتھ کالہٕ ڈلیلہٕ بوزنس منٛز جان وقت صرف کران۔ وُنی کین چھہٕ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن آسنہٕ رکنہٕ اکھ وار یاہ فرق آمُت۔ کأشرٕ لُکہٕ دلیلہٕ آیہٕ گوڈنیتھ ۱۸۸۷ ہس منٛز چھاپ کرنہٕ۔ یمہٕ کرٕ چھاپ اکی فرنٛگی یتٕمہ سُنٛد ناو اوس جے، ایچ، ناولز۔ امہٕ علاوٕ کورٛ سٹائن صأبن تہٕ لُکہٕ کتھن ہُنٛد اکھ مجموعہٕ پیش۔

کأشرٕ یوٚ منٛز چھہٕ نوٗر محمد روشن صاب تہٕ پروفیسر شام لال سادھو صأبن تہٕ امہٕ قسمٕچ سوٚمبرن کرٕمٕژ۔ سادھو صأبنہٕ سوٚمبرن چھےٚ انگریزی زبأنی منٛز چھاپ سپزمٕژ۔ یتھنٛد انگریزی چھُ بڈٕ ہؤدُر۔ کلچرل اکیڈیمی تہٕ کرٕ وٕنس تام زٕ کتابہٕ لُکہٕ کتھن پیٹھ چھاپ۔ گوڈنچہ کتابہٕ ہنٛز ترتیب دِژ اختر محی الدین صأبن تہٕ پُشکر بھان صأبن تہٕ حال حالے پیٹھ بیاکھ سوٚمبرن ٹاک زینہ گیری صأبنہٕ ترتیبہٕ سیتی شایع۔

اما پوز اُمی اگر چھاپ سپزمٕژن لُکہٕ کتھن پیٹھ نظر ترأو یا لکن

نِشہٕ کہتھ بوزو، اَسہِ لَبوٚ زِ اکثر کہتھن منٛز چھِ راجہٕ، رانۍ تہٕ بادشاہ،
شہزادہ تہٕ شہزادۍ، وزیر تہٕ وزیر زادٕ تہٕ بیترِ ناو دریٹھ یوان۔ یِمے
چھہ اکِس ریاستس منٛز اکھ اہم رول ادا کران۔ یِمو بغٲر زَن ریاستس
منٛز چھنہٕ کانٛہہ۔ سارۍ چھہ ماتحت مگر سارۍ چھہ ہوی باسان۔ بادشاہ
چھہ عام لوکن ہندین پلون منٛز یِتھ تِہندۍ مُشکلاتھ حل کرنٕچ کوشش
کران۔ کُنہِ وِزِ چھہ باسان زِ یِمہٕ کتھہ دلیلہٕ چھےٚ بادشاہن، حوٗکومتھ
کرنہٕ خاطرٕ اکھ مشورٕ تہٕ بتیہ نہٕ کینٛہہ۔

کتھہٕ دلیلو منٛز کرہٕ بہٕ صرف کینٛہہ دلیلہٕ امہِ موجوٗب پیش زِ یِمن سَت
کاڑاہ چھےٚ یِمن منٛز دریٹھ یوان۔ امہِ قسمٕچہ دلیلہٕ چھےٚ واریاہ تہٕ یہ
چھنہٕ ممکن زِ یِمہٕ ہِن سارینٕے پیش کرنہٕ۔ اما پوٗز ییٚلہٕ کاشُر ہٕکنہٕ
تِہُنٛز سِیاست تہٕ کہتھ دِہہ نوے پیٚیہ ہٕکنہٕ۔ اَوَے موجوٗب دوت
امہِ نِشہٕ "ہتو آب" یِمن ہیٚندین ہِشہٕ زٕ ہٕنٛچ دلیل چھےٚ۔

دَپان ہیٚندین ہندِس دورس منٛز اوس اکھ بادشاہ یُس لوکن
اوس جانہٕ پڑھان کرن۔ لوکھ اَسہِ جہالتس منٛز ولنہٕ آمتۍ۔ خداتعالیٰ
سوٗنہٕ تَمن قہرٕ۔ سخ بارِش پٮ۪یہ تہٕ یام امہِ بادشہ ہُنٛد آب لوکو چھوٚو
تِم سگے سارۍ مِتیہ۔ بادشاہس، تہٕ تِمۍ سِندین وزیرن اوس تہٕ خبر بنیہٕ
عالمہٕ تہٕ بہہ تِہنٛد دِزہ پزہ۔ اَوَے ہوٚو تَسو شوٚد آب رٕٹھ۔ دوہ دوہ

گوٚ گرٛٹھان، توکھ گے پاگل گرٛٹھان تہٕ بادشاہ تہٕ اُمہِ سُندۍ وزیر گے
سخ پریشان، تکیازِ شوٗد آب گوٚ منہٕ کلان۔ آخرس کور اُمہِ وزیرن سیٹھا
مشورٕ، کرٕنہٕ یہِ فیصلہٕ زِ تِم تہِ چین سہٕ آب، یتھہٕ سیتھ تِم تہِ پاگل گرٛٹھن
تکیازِ تیٚہنٛد حُکم تہٕ حاکِمیت اوسنہٕ کانٛہہ مانان۔ یِمہٕ شرۍ پیٹھ سہلاب
گور سارۍ دپہے ملکس کشیرس نیٚبٕد منٛز آب۔ توے چھ تِمہِ پیٹھ اسی سیٹھا آب
معنی ہرو ہمہ راج مانان تکیازِ اَتھ منٛز چھے لاقونوٗنیت آسان۔

پروفیسر شام لال سادھو صاحب چھ پننہِ کتابہِ Folk tales
from Kashmir منٛز اَکھ دلیل پیش کران یُس ٹاکار پاٹھۍ
یہِ کتھ واضح چھہ کران زِ کوشر کوتاہ چھہ انتظامیس منٛز اَدٕ خاطرٕ دلچسپی
تھاوان۔ اوسے موجوٗب گوٚ اَکھ شخص چھو کوشِشَس یہِ مجبوٗر کرنہٕ خاطرٕ
کامیاب زِ سہٕ روزِ ڈلس (جھیل) ملرٕ گنزرُنس پیٹھ تہٕ کام کرِ نتہ
بانٛسہٕ مُلرٕ گنزراونہٕ خاطرٕ آو تعین کرنہٕ تہمو دیتے پنہٕ اکس ناوہِ ہانٛزس
بروٚنٛہہ ٹھکنہٕ، تکیازِ تیمس اوس مُلرٕ گنزراونس منٛز مشکل یاد سپدان۔
لہذا گوٚ پرٛتھ کانٛہہ ناوہٕ ہانٛز ناو چلاونہٕ، بروٚنٛہہ ٹھ اَمس گنزراوٕن وٲلِس
رشوت دِنہٕ خاطرٕ مجبوٗر تہٕ یتھ کنہ زیادٕ اُمہِ گتُل پونٛسہٕ تہٕ یزت۔ آمہ
دلیلہٕ ہنٛدۍ چھ زٕ نتیجہٕ میلان۔ گوڈنیک چھُ یہِ زِ رشوت سٲنی ہنٛد
ذہن چھُ کاشرین نِشہٕ سیٹھا برون۔ (اماپوز امیک انے گوٚ بہٕ زِ

کاشُر بخشِتھ قوم کیاہ چھُ رشوت خور) تہٕ دوٚیُم یہِ زِ لۆکھ پَچھ
انتظامیس اکھ سٕہ ادارٕ زانان یتھ منٛز شامِل سپدُن چھُ پونٛسہٕ حاصِل
کران نٕہ یِیزٕ بخشان۔

بٔنِیہٕ زِ دلیلہ چھےٚ تمہِ برہمنہ کُن ترٲوِتھ بڈٕ جان تِکیازِ یِمن
دون وٕنِی منٛز چھُ ریاست کِس انتظامیس، عدلیس تہٕ حکمرانن اَکہ انٛدٕ نٕسٕنہ
بٔنِیہٕ انٛدٕ نصیحت۔ یِمن منٛز نیرَن تِم اُصول تہٕ یِمن پیٹھ گٔنہ ملکچ
سیاست گژھ چلاونٕ یِتھ تہٕ بٔنِیہٕ لاپرواہ تہٕ لُکہ ہَستہٕ بادشاہن تہٕ تہِ
تہٕ۔ یِمہٕ زِ دلیلہ چھےٚ "اَلہ شہرس" تہٕ "تیلہ واُنہ شہرس" منٛز موجوٗد۔
دۆپان اکھ شخص اوس اَکہ کامہِ پیٹھ شہر گژھان۔ واہ اَلہ
آسس سیٹھاہ تہٕ بیٚیلہ گُذرِس نِش ووت۔ گُذروانن منٛجہ نس چوٗنگی۔
اُمِس اوس نہٕ کانٛہہ پونٛسہٕ تہٕ لہٰذا دوٗپ تکھ اُمی زِ تِم رٔٹِن اَلہ بیٚیلہ
سٕہ گُذرِچ کِین اُکس دوٗن ڈٲو تِمِس آسہٕ دِہِن الُن کاہ اَلہ بیمہٕ
دِنہٕ۔ یہِ شخص گوٚو یِہ وُچِھتھ سخ بددِل۔ سوچاہ کٔرِتھ گوٚو تہٕ بوٚیوٗلھ اُکس
مرگدارس پیٹھ تہٕ۔ یِم تہٕ کانٛہہ موردس دفن کرنہٕ آیہ تِمن لوکن جزیہ
ہیوٚن۔ اکھ دوہ آو بادشاہ سُند کُنٛہ تام نزدیکی رشتہ دار اکھ مرگزار
منٛز دفن کرنہٕ خاطرٕ نہٕ اُمی ہیوٚت اُمِس زیادٕ ہہن چونٛگی۔ بیٚیلہ یہِ کتھ
بادشاہس نِش واتہٕ سہٕ گوٚو حاران تہٕ انہٕ نوون یہِ شخص نادِتھ۔ بیٚیلہ

یہ بادشاہَس نِکھہ ووت تہٕ تِمہِ پرٛٔژھ اُمِس زِ شہ کِہ قونوٗنہٕ چھُ منٛدن
ہنٛدِ دفن کرنہٕ خاطرٕ وہ پیٖپ میوان۔ اَمہِ دوٗنٛتنَس جوابَس منٛز زِ نیٖلہ
وُنی تن بادشاہ سلامت دِہَن اَلَن شوٗبنہٕ کاہ اَلہٕ چونٛگی۔ بادشاہ گوٚو
شرمنٛدٕ تہٕ کرٕن حوالہ کوٗ منٛج از سرِ نوتشکیل تہٕ لوکَن ہنٛدِ بہبوٗدٕ
خاطرٕ ہیٚیشن کام کرٕنی۔

اَکھ شخص دزاو کارٕ بارٕ خاطرٕ گرٕ پنُنہ ماَدیاُنی مِیتھ۔ اَکِس گامَس
منٛز ووت تہٕ روُد اَکِس تیٖلہٕ وانٛنی سیٖندِ گرٕ۔ ماَدیاُنی تھاُون آنگنَس
منٛز گنٛڈِتھ۔ راتھ کیٚتھ پیٚیہ ماَدیاُنی تہٕ بچھیرٕ گوٚو تیٖلہٕ وانٛنی وانہٕ کِس
خرَس پتہٕ پتہٕ بچھیرٕ نیہ۔ صُبح ووت یہ شخص نیرہے گرٕ تہٕ بچھیرٕ ژھونٛڈنہٕ
ماَدیانہٕ سیٖتی ہرگز پٮ۪کان۔ تیٖلہٕ وون چھُ دٔنان بچھیرٕ چھُ اَمو سٕنٛد
مالہٕ گوٚو بڑان تہٕ کیس آو قاضیس نشہٕ نِنہٕ۔ تیٖلہٕ وونی گوٚو دَسہ کرٕتھ تہٕ
قاضیس پوٗرن حیٖنٛدٕ۔ قاضن وُچھ کتاب تہٕ ووٚن دٔنن واُلی۔

کتاب قاضِنیٖن تِہُنٛز مسٔلہ پوٗرُن
شہ گرٕ بچہ تس خرِ وانٛنِس کُن پھِرُن

توٗے گوٚو اَکھ انصافنس تیٖلہٕ وانٛنی شہرَس سیٖتی مماثلت۔ یٮ۪لہ بےانصافی
ہُنٛد چلے جاو لگہٕ لوٗکھ چھِ تِتھہ تیٖلہٕ وانٛنی شہر دٔنان۔

اَکہٕ دُلیلِنَس منٛز گرٕ منٛزاوِ کو شرٕ شہ نمبردار یٮ۪تھو اَکِہ گامکو لوٗکھ

بیوٗقوٗف بناوِتھ بادشاہ سُندِس دربارس اکھ ڈوٗلی وایہٕ نوو یتھ منٛز
اکھ روپیہ آسہٕ آمُت تھاونہٕ۔ سہٕ کرٛ مشراو۔ پٹواری تٔمِس متعلق اکھ
مشیر مالِ ہُنٛد وونہٕ ز سُہ ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ مدد کٔرِتھ، یُدوے پٹواری مخالف
روزِ۔ سہٕ کتہٕ مشراوِ سہٕ چیف کنسرویٹر یٔمِس اکھ گجُر راکھہٕ بنتھ دُعا
کرِ۔ ڈاکٹ صاحبنہٕ ترتیب لیوٗمُت یہٕ لکہٕ کتھن ہنٛز دارٔ اسہٕ بروٗنٛہہ ٹاکن چھے
آمٕژ تمہٕ منٛز چھے حلال خور بادشاہ بابے، انصاف چھُ کاش۔ اکس
باہمتھ شہزادہ سُند کارنامہ۔ خرزیون راج تہٕ وزیر لڑکہٕ تہٕ بادشاہ
لڑکہٕ، یمہٕ قابلِ ذکر دلیلہٕ یمن منٛز ٹاکارٕ پأٹھۍ سیاست چھے آمٕژ
ورتاونہٕ۔

یتھے پأٹھۍ چھے وارِیاہ دلیلہٕ اسہٕ کشیر منٛز ڈریشنہٕ یوان
یمہٕ لکہٕ ادبُک اکھ اہم حصہ چھُ تہٕ یہنٛدُ یا تہٕ مقصد چھُ صرف
گاشرس سیاستس پیٹھ تنقید کرُن یا سوٗ سیاست ورتاونی یس
پتھ کالہٕ باونی کین اسہٕ لبنہٕ چھہٕ یوان۔

# سیاست تہٕ لکہٕ بأتھ

لکہٕ بأتھ چھ اکہٕ قومُک سُہ احساس پیش کران۔ یُس تہندٮ۪ ذہنی بجرُک تہٕ روٗحانی قدرن ہُنٛد منزِل چھُ عیان کران۔ یہ چھُ شاعری ہٕنٛدِ رجحانہٕ علاوٕ، قومی حِس تہٕ پیش کران۔ سُہ حِس سیاسی اُسِن، سماجی اُسہٕ تن یا اقتصأدی اُسہٕ تن۔ اقتصأدی طور چھُ کوشُر ہمیشہ بتہٕ بتہٕ کران روٗدمُت تہٕ سماجی طور سیٹھا پنٛتھ تہٕ سیاسی طور غلام۔ یہوے وجہ چھُ زِ لکہٕ ادب چھُ قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ افلاسچ نشاندہی کران۔ لکہٕ بأتھ چھُ اکہِ ادبُک سُہ حِصہ یُس کہٕ ذٕہی یہ سُہ چھُ بنیٛخ کسمپرسی بیان کران۔

لکہٕ بأتھ چھ کأشرِ زبأنی ہٕنٛد اکھ معمولی سرمایہ تہٕ یہ چھُ اژھیٛون تہٕ چھُ سیٹھا وسی تہٕ اکھ پیٹھ یوٗد اکھ کوشُر فخر کرِ سُہ آسہِ حق بجانب۔ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدِس ارتقاہس منز ییٚتہٕ اسہ شأیری سیٹھا پرأنؠ چھےٚ تتہٕ چھُ لکہٕ بأتھ تتھ لیٚہ لوٗر۔

لکہٕ بأتن منز لنٛج چھ واریاہ۔ بقول علی محمد لون صأب لکہٕ بأتھ چھ واریاہ اژنگو۔ یمو منز چھُ روٗف، نیٚشہٕ بأتھ وَنہٕ وُن، لڈی شاہ

منز لۍ باتھ، شُرۍ باتھ، چھکرتہٕ وژُن بیترِ شامِل۔" یِم تمام باتھ چھ وِزِ وِزِ
گیوٚنہٕ یِوان۔ یِمن چھُ پنُن موقہٕ محل۔ یِتھہٕ لٔنڈ چھےٚ پننہٕ انداز سیاست
ورتاوان۔

لکہٕ باتھ جمع کرنس منز یُس تہٕ مُشکل چھُ، سُہ چھُ یہِ زِ اکھ شخص
ہیٚکہِ نہٕ یہِ کام مُکمل کٔرِتھ نہٕ، ہیٚکہِ یہِ اکس کتابہِ منز جمع کرنہٕ یِتھ۔ کلچرل
اکیڈیمی کرٚ یِمہٕ جمع کرنچہ وارِیاہ کوٚشِشہٕ۔ اَتھ منز چھ موتی لال ساقی
صابُن لکہٕ باتھ ژھٔکن لایق کام۔ مگر یِمو چھُ لکہٕ باتن ہُنٛد سُہ سِلسِلہ
جمع کوٚرمُت یُس زیادہ یہٕ ہَن وَنہٕ نس پیٚٹھ مبنی چھُ۔ تِم لکہٕ باتھ یِمَن
منز سیاست چھےٚ ورتاونہٕ آمژ چھنہٕ آمِتۍ جمع کرنہٕ۔

کأشرِس شُرِ تأریخ چھےٚ غولامی ہنٛز تأریخ۔ یِمہٕ وِزِ تہٕ کأشرۍ
مت
ہیٚتۍ پانس حکومت کرٚنۍ، تِمہٕ وِزِ آیہٕ نیبر یا اَندر سازِش کٔرِتھ یِہ حکومت
ناکام کرنہٕ۔ یِمٕہِ کِنۍ نتیجہ یہِ دراو زِ کأشرۍ روٚد غولام تہٕ نظامِ حکومت
روٚد اکثر بادشاہتس پیٚٹھ مبنی۔

یہِ بادشاہت روٚز اکس شخصہٕ سنٛدِس طبعہٕ پیٚٹھ پابند۔ ہرگاہ
بادشاہ خود اینٛ رٔت آسہِ کوٚرمُت تیٚلہٕ اَس کأشرِن حکومت جان تہٕ
ورگہٕ اوس تِمن مُصیبتھ۔ توٚرے اوس کأشُر سیاسی طور مایوس تہٕ
اقتصادی طور مُفلِس۔ یہِ حال چھُ اکس قومس منز لکہٕ رسہٕ سیتۍ نوٚن

نیران۔ تکیازِ الم یانٛتھ چھِنہٕ حرف (بقول علی محمد لون صاحب) لکٕن ہٕنٛدِ ن
تٔحٕریہ، دوہ کھن۔ اسۭنکی، اژنٛد نکی، تہٕنٛدِ طنز و مزاحکی، تہٕنٛدِ فکر و خیالکی
تہٕ جذباتن ہٕنٛدی یانٛتی نمایندٕ۔ بلکہ تم چھِ سیاستچ تہٕ عکاسی کران۔
یتھہٕ سیاست اکس انسانس بییس انسانس سیتھ رٔزِ گنٛڈ کرٕتھ تھاوان
چھےٚ۔ یہ رٔزِ گنٛڈ چھُ تمس تھٕکھ ریاستس منٛز یاد پٕرِ گژھان یتھ مینٛک یہ
شہری چھُ آسان۔

توٚے یہ ہیٚتھ زِ لکہٕ یانٛتن منٛز سیاست چھےٚ ورتاونہٕ یوان سو چھےٚ
سیاسی مویوٗسی، سیاسی ہنگڈم بازی، سیاسی تنگ نظری، سیاسی
جوڑ توڑ، سیاسی تشدد، سیاسی استحصال تہٕ سیاسی امن، قۅدرتی
آفتہٕ بیتر ویژھ نٲوِتھ تراوان۔ کاشرِ لکہٕ یانٛتھ چھ اکتہٕ کامہ منٛز
پورٕ وُتران تہٕ اکس طالب علمس چھُ یہ احساس گژھان زِ کٲشر
زبانی چھےٚ وُسعت زِ سہ شروٗپ راوِ زندگی ہٕنٛد پرٛتھ کانٛہہ شعبہ تہٕ
بییہ بڈ رٕنۍ یانٛتھ۔

سیاست تہٕ چھےٚ لکہٕ یانٛتھ نفیس پاٹھۍ پیش کران۔ یہ وُنن
روزِ جان زِ لکہٕ یانٛتن منٛز امیک آسُن چھُ فطری۔ تکیازِ امہ سیتھ چھُ
لکہٕ یانٛتھ وَنن دول وقتہٕ کین حکمرانن ہٕنٛد قہر نشہ بچان۔ لکہٕ یانٛتن
ہٕنٛدِ سارِ وۍے خوطہٕ اہم نمایندٕ چھُ لیڈی شاہ۔ لیڈی شاہ چھ بقول

عبدالاحد آزاد صاحب تاریخی واقعہ تہٕ قودرتی مناظر جان پاٹھی برو ٹھ
کنُن شاعران تہٕ آمُتیک خاص موضوع چھُ سیلاب، ڈوٚکھ، قحط، وٚنہ
بُنیٖل، مَرٕ تہٕ زیوٕ، تَلہٕ پیرن تہٕ گورن ہِنٛز زیادتی تہٕ بیٚیہٕ پلیسہ
تہٕ حوٚکومتچ سختی کٔشیرِ ہِندِس سیاسی ماحولس پیٚٹھ چھُ (یہ چھُ اکھ
آفاقی اُصوٗل تہٕ) اکثر سیلابو، ڈوٚکھن، قحطن، وٚنہو، بُنیٖلیو تہٕ
مذہبن مُرٚن اثر ترٛاوِمُت۔ تویہ ییٚلہ کٔشیرِ مَنٛز پییٚٹھی سیلاب
اوس گژھان تہٕ حاکم اوس پننہِ مستی منٛز روزان، تہٕ اوس لیڈی شاہ
وُنِتھ پننِس پانس تسلی دِوان نہ تہٕ حکمرانن لیکھ گنڈتھ پننہِ نفسیاتی
رٕنجش زایل کران۔ تویہ چھُ لیڈی شاہ کاشُر سیاست ورتاونہٕ خاطر
اکھ موزوٗن صنف۔ اکھ صنفس چھےٚ نہ خوشوٗتیہ زِ سیاست
ورتاونچ پیٚٹھ نہ اکھ لیڈی شاہ حاکمن ہِندِ شکار بنیتھ۔

لیڈی شاہی کلامچ رُود وُنیتام کھلی تام موٗجود۔ یہ نہ او
کتابی شکلہِ منٛز پیش کرنہٕ تہٕ نہ آیہ اکھ مکانہِ سوٚمبالنہٕ ییٚتہ اکھ
بحث ییٚتہ فن قدر تہٕ احترام سپدِتھ۔ اکھ چھُ یہ باقی وجہو علاوہ
وجہہ زِ اکھ چھُ کاشُر بیچنس تام موٗجود روزان۔ اما پوز یہ چھن
چھُ اکھ غار فطری تہٕ غار اخلاقی کار۔ لہٰذا چھُنہٕ اکھ کُن کاشرِ یکھن
دول زیادہ توجہ دِوان۔ دوٚیِم وجہ چھُ زِ یہ لیڈی شاہی چھےٚ فِلبدیہہ

شاعری تہ اہازا یانہ یہ نبور منز چھ نیران تانی چھے یہ منشراون یوان یس
لیڈی شاہ اکہ گرہ نیرتھ بیٹس گرس گژھ یا اکہ کھلہ منز نیرتھ بیٹس
کھلس اژ سہ چھ موقہ محل وُچھتھ کلامہ وَنان روزان تہ تمو بیٹرس
مرنس سیتی چھ تمو شند لکہ باتھ تہ ختم گژھان۔

لیڈی شاہنک نوٹ میٹھ، یمن منز سیاست چھے لبنہ یوان، کر
بہ توجہ یژونہ کن پیش۔ یم اشعار چھ مے "منور شاہ" کتابہ
منز نشت چھ یہ منظور فاضلین تالیف چھے کرمژ۔ یم کینہہ بند چھ
تمو سند "سڑک نامہ" منز کڈنہ آمتہ ؛

بگلگت بنیو جلسہ کے انتظام
پیکہ لاکھ ہی گئے بہ جنگ تمام
دژکھ سارنے کرسے سیم و زر
بہ مہراج کشمیر پہلے لمبر
سینہ گرم ہنگامہ اندر جلوس
کرکہ راسے زینن آسہ شہر لوس
کہ ملکہ معظم دران روداد
شہنشاہ کشمیر شد حکم داد
سڑک گژھ تیرنی بہر جانہ واو
ز راولپنڈی تا بہ گلگت حضور

ایڈی شاہ چھُ یمُن شارَن منز صاف طور سیاسی پیش گوئی

کران زِ انگلستانس چھِ گلگت تام سڑک بناوِنی تکیا زِ رُوسس چھُ

بڈِ ہِنِشہ ٹھُور کرُن نتہٕ رُوس ییِنس اتِس تل اَنُن۔ اَمہ مزید چھُ یہ تہٕ

ظاہر کرِان زِ سڑک بناوُن چھُ اَکھ سیاسی فاصلہٕ تہٕ مہاراجہ کشمیر

چھُ یہِ فاصلہٕ ترونِتھ پکناونہٕ خاطر ذمہ وار۔ گلگتچہ سیاسی تہٕ ملٹری

اہمیت ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ وُنی کیٚن تہٕ اِنکار کرِتھ۔

منور صاحب چھُ ترونِتھ کُن بیٚیہ فرماوان:

ییٚنہٕ کاشُر یُو عُلم قونوُن ہاوُر

تِنہٕ گوکھ یادٕ طمع سخت ژوُر

فسادن تہٕ فِتنن اَندر صبح و شام

نظر بر بجائے دِگر صبح و شام

•

خزانہ لدُن ضرب نانک شاہ سے

تونگر بنے مردمانِ د ہے

دوٚیم ضرب رنجیت سنگھ بادشاہ

ترٛیٚیم سکّہ شاہ عالم پناہ

•

ییٚتھے پاٹھہٕ ییٚتھ طایفس لوگ رِواج

دوٚیم حاکمن کوٚرکھ موقوف باج

کھتن بیھٹہ کران ہاڑہ پلسس رپٹ
چھ بے ضابطہ پلسہ وارٹ کپٹ
چھ نوٹس تہٕ اسٹام کاغذ بران
عدالژ اندر مثلہ دائر کران
روانہ کران ملزمس بیھٹہ سمن
عدالت پناہ حاکمانِ زطمن
غریبس گلان چھے بتہ ریخ بیول
کران مار لاچار سے ہارہ وول

●

سہ ملکہٕ معظم مبارک قدم
زخانسے سراپستہ رخست عدم
یتھس ماتحت خاص اقلیمِ ہند
چھ کاہ ترپہ راجن ہندی نور گژند

●

دلاسا کورن راجنے بے شمار
مدارا بہ سرکار والا تبار
مہربان سرکارٕ نے زیادہ گو
سو شاہزادیے لندنے شاہ نو

اُکھو اَندر پتّے حکم سرکار آو
ممبرہاے مرحوم شاعری بناو

•

خلایق چھہ اِشٹام کیتیاہ بَران
اپیلانٹ درچپار کونسل کَران
چھہ بَرجستہٕ از حکمہ بندہ بست
فسادو چھہ کرہتی خلق تنگدست
تسہ ناظرٕ تمن پانہٕ وأنی چپلان
عدالتٕ اندر بیول خلقن گلان
تمائی نائب تہٕ تحصیل دار
چھہ پرتال بوزان از حلقہٕ دار
چھہ چھیران زمینن رگرداوری
عمل تم لیکھان فصل پأداوری

•

شہنشاہ ہندوستان خویش کلام
سداہشت چھہ یس راجہ ہندکی غلام
سہل یتھنہٕ ذاتو چھہ اقلیم ہند
بمثل سمندر تہٕ شہرن نہ گرند

سَتَے نوٗر اقلیم دُنیاہ تمام
ڈوڈ اقلیم چھس زیرِ قبضہ مُدام
زِ مشرق بمغرب گوٗرٕن اُتواحات
بجٕر باج تراوُن نہٕ کانٛہہ دیہات
ہیٚوٗتُن باج اَسمانٛی جانوٗرَن
شِکارَن ڈِنگ نوٗٹ لاسَن برَن

•

شفاخانہٕ مدرسہٕ بمعہ ہسپتال
گنڈِتھ تار برقی جنوب و شمال
لدِتھ ڈاک خانہٕ جُدا تار گر
زِ مشرق نشان مغربس چھےٚ خبر

•

ستہ جنگلے راکھہٕ ہر سو رٹن
تیمس لشہ ہٹ تہٕ دانٛد حیدرا رٹن
ہموال پانٛژھ ستھ روپیہ چھنس بلغور
کرِتھ جنگلس سانٛگ سِے کیا ز ژوٗر
تہٕ ہیتھ چھس رٹ سۭے کران رینجر بس
دَبا دَب لیکھان سُہ چھُ فارسٹر بس

ژٕ ہسس عوضانہٕ یتہٕ دِون ہِندٕ رسُوم
تِمِس پوٚختہٕ پایہٕ ٹھیٚن کرِتھ ریزٕ گوم
تِلے گاڈٕ راکھو تِتھے حسبِ حال
وَلان سرفہٕ سینٛدی پایہٕ ٹھو خلقَن چھ نال
وَتو ییٚچھ شورَن رِتم رَٹان بے خبر
گرُن تو ہیہ موردَن سے وُچھمو زبر
کَران بیگُناہ ہانٛز خلقَن رَٹان
چو سیماب رِتم زیادٕ بلکُل وَٹان
ہیوان داہ پنداہ روپیہ آکِس زٲرِس
زاو گرم صحبتٕ، نُون و خاطِر انس



کوٚرُکھ حبارچ پنٛجمس حال حال
بدستوُر رِتم تھاونکھ مُلک و مال
ستن بییرِ نے ہُنٛد کوٚرُکھ زنٛدٕ نام
رِتمن روٚد حبا گیرِ سائِلم تمام
تہٕ ہُنٛد کروفر ڈیشہٕ تن لاٹ ہِنٛد
سیٹھا شاد گو یِم چھ درجہ بلنٛد

کرازواسرلے ہندگے سرفراز

فتحیاب از کلکتاہ آسے باز

مہاراج صائب خوداوند تاج

غنیمت بکشیر اُمو شُند چھُ راج

چھُ مسکین پرور تہٕ رعیت نواز

تُوسے شاہ ہندن کوٗرُسے سرفراز

مہاراج صائبس تٔمۍ حُکم دوت

کوٗت
پشیچھو بوزہی ژھٕنن گوشہٕ پشاہ

یم شار تھٕ بہہ ہیٚر کنہ پٔرۍ دۍ۔ تِمو سیتی گژھہ یہ کتھ واضح زٕ کأشُر چھُ سیاستس نِشہٕ باخبر روزان۔ نتہٕ چھا یہ مُمکن زٕ مُنور صائب ہیوٚہ اَکھ درویش صفت اِنسان ہیکہ اَکس دوٗر گامس منٛز روٗزتھ تہٕ لنڈنہٕ پیٹھہٕ گِلگت تام جغرافیہ زانِتھ۔ سہ تہٕ تمہِ وِزِ ییٚلہ کٔشیرِ منٛزین گامن سیٹھاہ مُشکل اوس تہٕ ریڈیو اوسنہٕ وُجود منٛز ے۔ مُنور صاب چھُ واقف زٕ خزانہٕ تہٕ اقتصادی معاملات کیتیاہ چھِ ضروٗری۔ طبقاتی نظامُک چھُ تِمن احساس تہٕ تِم چھِ زانان زٕ یہِ طاقت کیتھہٕ کٔنۍ دِنہِ وقتہ کیو حاکمو فائدہٕ تہٕ بارِ کوٗرمُت ماف۔ یلیچہ زیادتی ہُند احساس چھُ کأشرِس پتھہٕ وِزِ اوسمُت مُنور

صاحب چھُ یِہ کتھ زانان زِ پلسہٕ چھُ سُہ ادارٕ یُس لوکن یانہٕ واُنی لڑایہٕ تہٕ جھگڑٕ کرنہٕ، تہٕ مُقدمہٕ خاطرِ استیمال یوان کرنہٕ۔ اَمہٕ سیتی چھ یہِ کتھ باور کرنس منز آسانی سپدان زِ انتظامیہ چھےٚ سوٚ عامرانہ جماعت اُسمڑ بیٚمہ کنہٕ یتیٚہ چھُ ہر لوٗکہ راج یادٕ اوسمُت گومُت۔

پڑھتھ کانہہ لیکھن وول چھُنہٕ یَنہٕ وقتہٕ کِس حاکمس خلاف لیکھان زیکیاز سُہ چھُ تمٚو سِندِ قہرٕ نِش کھوژان۔ تِم لیکھن واُلی یِم زیادٕ یہَن وقتہٕ کِس حاکمس تاریف کران چھ یِمنو معاشی اغراضو موجوب لیکھان۔ امپوٚز غازٕ جانبداری تہٕ چھ کیٚنہہ یِمنس لیکھنس منز وَرناوان۔ منور صاحب چھُنہٕ مہاراجہ کشمیرس تاریف کران تیتہٕ چھُ سُہ تمٚو سُند ناوٕ غازٕ جانبداری سان ہیوان۔ اَلبتہ ملکہ معظمہ سِنز تاریف ٹاکارٕ پاٹھی کران زیکیاز تمٚن چھُ اِحساس زِ حقیقی اقتدار چھُ تمٚو سِندِس اَتھس منز۔

منور صاحب یتیٚہ اَکہِ طرفہٕ حکمہ مالس فسادُک گوڈ چھُ زنانا تیتہٕ چھُ دوٚیمہِ طرفہٕ مدرسہٕ تہٕ ہسپتال بناونکو باتھ تہٕ گیوان۔ ڈاک خانہ جات تہٕ رسل و رسائلکو مسائل تہٕ زیرِ بحث انان۔ لندن تہٕ گلگت چھِ تار برقی سیتی نامہٕ پیغام تہٕ واتہٕ ناوان۔

کاشرٕ نِکہِ باتن منز سوٚ ہیرن یِہ یہٕ کلچرل اکیڈمی ہِنز اہتمام

موتی لال ساقی صأبن کرٕہٕ چھپنے سو چھپّے تھاوکِنہٕ لایق۔ اما پوز یمو
چھپنہٕ ہتم شار جمع کرٕہٕ ہیت پۆہنٛد موضوع سیاست آسیہ۔ ہرگاہ یمہ
ہتم شار جمع کرٕہن یم سیاسی موضوعن پیٹھ آسہن گنٛڈنہٕ آمتہ
ہنے گرنہٕ جہے کام سیٹھاہ سہل مگر ساقی صأبٕ اُسہٕ نہٕ ہیشہ خأطر
لیکھان۔ اما پوز تہٕ ہنٛد ماۆدان چھُ مختلف۔ یمہ ترٛٲئکہ ہأتھ ساقی صأبن
سیاسی موضوعہ کی جمع کرٕہٕ ہیت چھہ ہتم چھ توٚہ بروٚنہہ کُن یوٚہ کتہ
پیش یوان کرنہٕ۔

مجوزِ چھُ کشیرِ منٛز سہ اکھ بدعت ییٚمہ کأنٛسرِن کاشتکارن
تہٕ زمیندارن ہہمیشہ وس کھیٚنیہ۔ یہ اُس حوکوٗ منٛچ غلط پالسی ز
زمینکہ مالیہ تہٕ جز یہ علاوہ اوس زمینکہ پٲداوارٕ منٛزٕ اکھ بوڈ حِصہ
حوکومتہ نوان۔ کشیرِ منٛز چھُ اکھ سہ دور تہٕ آمُت، ییٚتہ اُسی مجوزِ دور
ناو ہسکو دِتھ۔ ییٚتینیک زمیندار کیو کاشتکار طبقہ رود سیٹھا کالس
مظلوم۔ کیتھہ کال اوسنہٕ ییٚتہ چن حوکومتن آمدنک کانہہ ذریعہ۔ اَوٕ
موجب اوس اکھ زمیندار دانہٕ وہ پداوان تہٕ حوکومتکہ کارنٛدٕ اُسی یہ
جبرن حاصل کران تہٕ عام لوکن بتہٕ بتہٕ کرناوان۔ مجوزِ کر وٚ وصول کرنہٕ
وز کوتاہ ظُلم اوس یوان کرنہٕ چھُ یتھ پأٹھہ پیش سپدان۔

ہُو قو در دِتھ پروردگارن
یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمیندارن

ڈوکھ مکائے پیچھے سر آبن

وقتہ ویڑ باز کوڑکھ آبن

توئے بڑ کتھ چھپنہ زر وارن

یارہ مجوزہ کھوٹ زمینداران

کھل تا متھ کرکھ آبا دے

ڈاکھ الکھان زیادے زیادے

داند دائیکھ مرگت ارن

یارہ مجوزہ کھوٹ زمینداران

ڈیہر رھوبیتہ موتنگ موکلوڈکھ

وڈ والپن ارمان ھتوڈکھ

پوٹ چھپیرتھ چھکھ لیکھ ڈارن

یارہ مجوزہ کھوٹ زمینداران

دانہ لونگکھ ستیہ یا اٹھے

تیل دیاں اسمہ کنو شیھٹے

کھلہ اندرئے کیتہ چھپنہ لارن

یارہ مجوزہ کھوٹ زمینداران

پترتھ طرفے ودتھ ہوئل ہالا

کوڑکھ عرضنا، بالا بالا

زيادهه غارُهه ڪوڙنے شهارَن

ياري مجوزه کوٽ زميندارن

جمع يا منجهه ڪوڙين عالي

بدلهه منجهسکهه مائليس شالي

تنهمے کاکد سوزکهه دربارن

ياري مجوزه کوٽ زميندارن

حلقه دارن جيپه چپار پووکهه

دوهن اندر تفصيل بنووکهه

سيرن، پاون ٻئيه خروارن

ياري مجوزه کوٽ زميندارن

بس وُڌهش اُس از غائبي

تس نحوشکس ليکهنه آو آبي

تنهنجي آنکار ڪوڙ سرکارن

ياري مجوزه کوٽ زميندارن

کهته گري پموچکر واليو

ونستا منجهه نفع کهپو هاليو

توڙي ڀالو ڪه نصف کاشتکارن

ياري مجوزه کوٽ زميندارن

کیتھ کرہ ہے مشرے مالو

مالس کوہ بیٹھ ہتن کھالو

مُشرو وُکھ بشد و بستہ لارن

یارہ مجوزہ کھوت زمیندارن

ہٲنژ اُسو وارہ تولناوَن

دردہ سیتی چھس گرد پھلو تراوان

آب چھوہ کہے بڈہن انہارن

یارہ مجوزہ کھوت زمیندارن

نکھہ مجوزہ شہر تام وُکھ

حاکمن رنشہ یار بلہ پیٹھو کھوکھ

یس چھوہ نان اوس تس اُسو مارن

یارہ مجوزہ کھوت زمیندارن

گُدڑکھ چھپر اُسو گامے

نرخ تھوو کھ پانژہ سنہ خامے

اَتھ موٗرتھ نیوکھ لاچارن

یارہ مجوزہ کھوت زمیندارن

حال بد گوکس برشادی

گیہ لوکن بے اعتمادی

پھٹوارۍ لوزٕ کرٕی دیارٕن

یارٕ مجوزٕ کھوت زمیندارٕن

ساقی صاب چھ کأشرِ لکہ بأتھ کس تہٕ ہیمس حِصس منز

اکھ وِنہٕ وُن پیش کران یُس حرف سیاست چھےٚ۔ یہٕ چھُ پرن وٲلین

برٕ پیشِ خدمت:

زانو دُنیا یُن گرٕ ھن برٕم چھُ سمسار

اوس قونوٗن انگریز کیا زورا وار

اُچھ وونُس اوٚبر کھوٗرٕن ہوٚل گنڈِتھ دٕ او

نحیف تحصیلدارٕن کوٚرٕن

پھٹوأری پتہٕ رؤد کھ بیٚیہٕ گرداوار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

رٕحِم بٹن یام مُرٕرٕ شرانہٕ کھِٹس بٕر

کرٕ کھ لأیس فأرسٹرٕن غو صِل منبا کر

یاروزے بے طہارت نتہ بروے دیار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

زنانہٕ اُکِس کیشاہ نام پُرٕ لوٗشمے لور

کرٕ کھ لأیس گاڈٕ راکھٕن کور گرٕ ھک اور

یاروٚزنے سبے طہارت نتہٕ برٕشے دِیار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

دوٚین گرٕین ہٕنٛز عدالتھ کران تحصیلدار

تِمَن پیٹھ چھےٚ گورنزی کشمیر دربار

چندٕ کرِتھ ناوِنَس پٮ۪یہٕ سارٕنے دِنی دیار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

ؤنتھٕ وزیرٕ پم راکھے لگی کیاہ کامَن

بُتھ چھلنَس سیاہ مَرٕن کرٕہے کامَن

کتھِ پیٹھ زنانہٕ خاوندن لیکھان موکلا

اوس قونوٗن انگریز کیاہ زوراوار

کشیرِ ہٕندی سیاسَتَن چھہ واریاہ رنگ وُچھی متھ۔ تٔمہٕ سیاسَت تہٕ چھےٚ اٗسمُت تہٕ کٔمہٕ ساتہٕ چھےٚ آمٕژ سیاست تہٕ اٗسمٕژ۔ تٔمہٕ سیاسَت گےٚ ۱۹۴۷ ہس منٛز شوٗرٕ ؤیِلہٕ پاکستٲنی نوٗن کشیرِ منٛز ژُن بنٛد تسُند۔ کیٛنہہ کال پتہٕ کٲشرِ ریہ تہٕ بٔنِتھ آو، تمِیُک خطا کھول تمہٕ ہِندُستٲنی نوٗتس۔

کٲشر سیاست چھےٚ وِزِ وِزِ دراگَن پیٹھ مُشتمل روٗزمٕژ۔ یمو منٛز چھہٕ نوٚنہٕ دراگ، بتہٕ دراگ تہٕ آمٕژ دراگ شٲمل۔ بہ کرٕ ساقی

صاحبنہٕ کتابہٕ "لکہٕ بأتن" ہٕنٛدِ ژوٗرِ موٚ حصہٕ منٛز کینٛہہ نموٗنہٕ پیش :

(۱) نوٚینہٕ دٕراگ

زاریوز ننبہٕ یو وارٕ دیوٚ تار

نوٚینہٕ دادِ زایہٕ گےٚ کمَ مدَن وار

نوٚن گوٚ دژوگ تےٚ بیٚپہٕ نابوٗد

کھیتہٕ جیٚتہ سأنٛس کھینس کیا سوٗد

یأکِستانٛو کوٚرٕم بیٚلہٕ زور

کشیرِ منٛز نوٚن گوٚ غأب فلوٗر

کالہٕ پیٚٹھ صُبح تام لوٚگُس زن نار

نوٚینہٕ دادِ زایہٕ گےٚ کمَ مدَن وار

نیٚبرٕمَ نوٚن یام منٛگہٕ نوٚوکھ

سرپنچ کمیٹی کرنَنہٕ تھوٗوکھ

اَجِتھ غلقن بےٚ شُمار

نوٚینہٕ دادِ زایہٕ گےٚ کمَ مدَن وار

... ... ... ... ... ...

نوٚینہٕ جہازا اَکھ منٛگہٕ نوٚوکھ

ہوٲیی اَڈس پیٚٹھ بیہہ نوٚوکھ

نوٹن نیٹو خاڑکو اَسہ کرٛکہ لار

... ... ... ... ...

وَرے مُلہ اوسُے اَکہ نوٹنے دوتی

لُچہ واد رچہ پین کوڑسے تمّی پونی

بشکاہ بنودنے کیشاہ شُشہ دار

نوٹنے دادِ زایہ سگے کَم مَدن دار

## (ب) آبہ دشاگ

گہناہ سگے غالب رٹی توٗ ہیت

کَم سِتم اَسہ کرٹی آبہ دژاگن

... ... ... ... ...

یورے آرے والو یام تُل شور

گورنس فرٹو یادی سگے فیلفور

دَرٹھ واٹنجھ تس حال یاون

کم ستم اسہ کرٹی آبہ دژاگن

. . . . . . . . . . . . . .

گورنر دوران او نسیر ھتھ

شُن وتّی ڈیرے تمّو ترّو بھپیر ھتھ

ٹھنڈ پینہ کتہ اوس آب چھیران

کم ستم اسہ گژھ آبہء ڈراگن

موقس تمو سوئر تفصیلدار

تس پیٹھ لوکو کوژ یلغار

نائیب اوسہ تس حال باوان

کم ستم اسہ گژھ آبہء ڈراگن

. . . . . . . . . . . .

حاکم سارے ہارتھ آسے

ہُلیہ والی ڈیس ہیتھ واپس ڈرائے

پلن ستی لکھ اُسو گلہ چھاوان

کم ستم اسہ گژھ آبہء ڈراگن

(ت) بتہ ڈراگ

ناژنینہ سوہ خنن تھاوکھنا کن

ستیچہ تجوو بتہء ڈراگن

. . . . . . . . . . .

پن نے اوس کاشہ تموکوژ سطے

شرفاتہ وا. اُمسر ژھانڈان وتے

غلہ دار غلس اَسی لوٗٹھ ژھارانؠ
ستیجہ تجُو بتہٕ ڈراگن

. . . . . . . . . . . .

اَدٕ زمیندارو تُل ہیہ شور
وزیر توٚت موقس ووت فِلفور
سہ ہے اوس فقط زوٗ بِگہ ناوان
ستیجہ تجُو بتہٕ ڈراگن

(ش) شہلاب

سِکھن ہنٛد دور تہٕ اوس کشیرِ منز ظُلمک تہٕ جبرُک دور توٚرے پیوٚ شاعرس شہلابَس "شہلاب سنگھ" ناو دِیُن۔

یہ ہا اُسن خواشہ ییہ پروردگار
شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار
جُماہ دوہ بیٚیلہ اوٚبرُ کوٚرنے
کشیر سوٗرے وِسہٕ رود نے
ہا بتھ لُکن گوٚ کیتو سگے مار
شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار
وَنے زِنبہ آرن کیٚشا کوٚر زور
منٛدورین سگے تَل ژور پلور

وۄنس کھاڑی سنے بڈی ٹھیکدار

سُہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

. . . . . . .

گوٚری بوے وۄنیہ لوٗگ بگوانس

زوٗد ما چھُ گوٚمُت اسمانس

گرس منز ہوٚزِتھ گو بٮ۪تہٕ مار

سُہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

رُوٗد پیوٚ داہس تہٕ مکایے

چھٕلہ چھٕلہ وابِجنے رنگہ جایے

دال کچھ پیٕر گئیہ وتہٕ لوٗگ تار

سُہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

... ... ... ... ... ...

یمن گرٕ بٕڈ والین کیا اوس نش

تِم اُسی خلقن کرانے کھش

خوٗن ناحق اُسی کھیوان بِسیار

سُہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

... ... ... ... ... ...

دان ڈل بناوُن پلہٕ ماُدان
پادر سیٛہہ اوس کلہٕ ژِھہٕ وان
رائیل وَنمے ٹھن گنڈٕ کار
شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار
کرٛشن ییٚہ رام باغ گوٚ وُچھو ووٗنی
سوٹینگس تنُج کلہٕ دگ پائنی
اُلو چہ باغس ووٗلہ گردِ غُبار
شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

... ... ... . . . . . . ...

کیا بے عار گئے ییم غلہٕ دار
دَہِہ ڈُبلہٕ لاج ہےَ تموٚ سرٕ کھار
بار صاحبو اُسہ ژٕہے دزٕ تار
شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

... ... ... ... ... ... ...

وَرخ وُچھتہ کَم کَم گئے دِلگیر
سارِ وٕے کوٚرہے توبہٕ تقصیر
غلہ دار صوٗنُدقن بیٹھو شاہ مار
شہلاب سنگھ گو زوراوار

سشہلاہب ( منور شاہ )

دِتھُن آب بارال پوٹت نیرئی

پھرُن رُود پہلین ستتَن پہیرئی

ژُہینتس گُنے جباپہ کھودِن نہ گنڈ

بکروال والیَن بمعہ بیشَہ مرُنڈ

وَدان آسہ گجُرانہ میرسے ربّا

بلا کیا ہُوا یہ بڑسے دبدبا

دِتھَن آب بادان شیراٹرس

ٹپلے پاپہ چھن ڈالہ ماران اوس

دِوان نالہ قادِر جُوسے پالہ اوس

گنڈسے لانگرسے ہیشِن بوزنھ تھُر

رہ گئے زناہ ڈولہ ہشدی گہُر

دژمن ژکلس داند واپین ژوپور

بیئیلے اُند وند سار وہے لوگ شور

بتہ دژاگہ پتہ بیئیلہ زانہہ غلہ سہ کال گوٗ، کاشرہ گیتھو پچھم

گتہ : خوشی اُس نتھوبیس ژوون یارَن

غلے ارزان گوُ سرکارَن

گامہ پتہ نمبردار والہ نأوکھ
ہیدا ئیتھ ذائل دار بوز نأوکھ
حکم ناطبق کوڑ تحصیل دارن
غلے ارزان کوڑ سرکارن

حاکم مو زوردار حکم کڈہ ہے
ژدہ وا پاڑی غلہ دار رڈتھ واڑلو ہے
گوہ ناہ بیلہ کم گے نادارن
غلے ارزان کوڑ سرکارن

ساڑی ذائل دار سعہ مبرأوکھ
وارہ پاڑھ حکم رتم بوزہ نأوکھ
اُتارو جلدی پُتا ادکن
غلے ارزان کوڑ سرکارن

ہشگہ دار تأمیل کرہ نأوکھ
گامہ گوم جنس رتم برہ نأوکھ
تن وڑ کارس نمبر دارن
غلے ارزان کوڑ سرکارن

لسہ حاجو کوڑنے زور تکرار
جنشن ہمسائے کھپے پہم زمیندار

نار تُل تنتھ پیچھڑ حوسٗ کو ماتھن

سےغلےٗ ارزاں کوڑ سرکارن

ادے ہساءٗ ذاٗل دار تین دیاوٗن

گاہے گوم چپراٗسی پیتہٖ بھاوٗن

گیہٗ کار سےٹلیھے ژوون طرفن

سےغلےٗ ارزاں کوڑ سرکارن

یئیشدلو ژن چپراٗسی پیتہٖ بھاوٗکھ

زمیندار کچھن تام ڈوٗہ ناوٗکھ

پیادے رٗودی پیتہٖ رتم عام لوکن

سےغلےٗ ارزاں کوڑ سرکارن

گاہڑ پیچھڑ دانہٖ چھکھ والہ ناوان

سداہ ترٗچ کھار چھکھ تولہٖ ناوان

بےٗ بوٗج کوتاہ کیتہٖ لگہٖ ژھین

سےغلےٗ ارزاں کوڑ سرکارن

گاہڑ پیچھڑ آڈرپی بھوٗکھ

دانیس پرٗچ تیتہٖ کرنوٗکھ

بھاوکیشاہ لوٗگمت ناوے ہانزن

سےغلےٗ ارزاں کوڑ سرکارن

ٹُٹے واٸِس یَس گُڑیے اُسم داہ

دوہَیس مَنِز اوس دُکھان ساڑ اُرداہ

وَیِتہ وَیِتہ وَر دِوان اوس گوشرُھن

خَلکَ اَرزان کوٗر سرکارَن

ڈُوڈر پیپھٹ گُڑیہ ہَن گیۓ مُقدر

ٹُٹُہ وول اوس وَنان اِنصاف کَرَ

نیچ پَہَن بِٹیپہ دِتہ ٹکاسہ لاڈوہ ہَن

خَلکَ اَرزان کوٗر سرکارَن

... ... ... ... ... ...

پیٹھوار پو ڈُوی لَٹھ جوٗ دیار

چیپہ دار اوسُکھ ہَگر داوار

پٹیپہ گوم خام تِے خام پپن

خَلکَ اَرزان کوٗر سرکارَن

نمبردار اوسُکھ مُنشیم یور

ڈرالپہ تُموٗ لُز لُز ژور پور

اَرداہ چاپہ اوس دوہَس پیوان

خَلکَ اَرزان کوٗر سرکارَن

موتی لال ساقی صابن یمہ پتہ ٹکہ باقی ہٕنزِ کتابہٕ اکیڈیمی ہٕنزِ وساطتہٕ شایع چھےٚ کٔرمٕژ، تمو منز کٔرِ دۄن بہٕ کینہہ شار بیٚیہ یمہ تمام شار چھہ سیاسی موضوعن پیٹھ آمتہ لیکھنہٕ۔ اما پۄز یمو منزٕ آسن کینہہ شار ورگہ پاٹھۍ سیاست ورتاوان۔

یٔیتہٕ چھُہ موٹر وٚتہ چھےٚ گُڈر

تتہٕ چھےٚ وزیر وزارتھ

ژٔندہ نیچہ ژۄنہ ژآو سماوارس

لٔنڈنس لالہٕ دٔراو بابارس

... ... ... ... ... ...

لالہ چھہٕ گومت اُلہ مُشدس

سالہ کٔشیرِ سال گٔرہ زیس

لالہ چھہٕ گومت شیپر گٔڈھہ دفترس

تتہٕ کین افسرن سال گٔرہ زیس

... ... ... ... ... ...

سینہٕ چھکمہ لۄوٹ تےٚ تگہ یا پیکھنے

یٔیتہٕ گٔرہٕ ھی جیٚیف جج آسوےٚ

... ... ... ... ... ...

ښرانه کښې اندرے چکه کښر لبه نے

امریکن صابن ډبے نے کېښه

... ... ... ... ... ...

سوټ چپے انګلینډ بوټ هندستانی

ټوپۍ چپے پاکستانی سے

... ... ... ... ... ...

سه ښه سپېنه کهوټے اصلاح کا هم یو

مصر که بادشاه زادو ژوے

... ... ... ... ... ...

دفتر اندرے چټهی ها لیکهنا ځے

افسر ښس ها کاسه ناوو یو

... ... ... ... ... ...

پادشاه ګوري بشد کړ دفتر

بوه ښه کښه افسر پژاران چهی

... ... ... ... ...

کورے مالے رکهوا وے حاصل

ګوبرے مول دژوے تحصیلدار

مائِلی چانٔی تھووے پوشہٕ کوٚنڈ تالوس

پانہٕ ڈراو حاکم اعلیٰس سیتھ

... ... ... ... ...

یٔژمن بٲیی اَتھ روبہٕ خانس

اَفسر تہٕ لیڈر بیٚہہ نے آسے

زوٚنہٕ جیٚمنے شوٗبان چوٚنہٕ سامانس

اَسہٕ دامانس زٕرٕہ یہٕ تہٕ دوو

. . . . . . . . . .

حاکم لاگِتھ پھیر جنگلس تے

فقیر لاگِتھ آنگنَ ژاو

... ... ... ... ...

دفترن اَندرے چِھٹ لیکھ ناویو

افسر خط تھاوہٕ ناوٲیو

تل یاتا یکہٕ شاہ ئیندرانے

جِگرس ستھ چھم چونے ناو

ژھانڈتھو روم و شام شہر کرانے

اَہہٕ وُن سون مہرانس آو

ژالہ گنگاسیے کیشاہ گوڈ کار

تھدِ تھدِ گامن کرٕسنۍ لار

نہ روٗدی بعد چھ ہیتھ سنۍ غلہ دار

سُتھلاب سنگھ گو زوراوار

... ... ... ... ...

قیامتھ گیہ برپا اَتہٕ ژھایہ کیشا ساچھو

دوٚپکھ بانڈن دو ٹُلو بیگارِ تیرو

حرف بوزو کرِکھ ساری لوکھ گرفتار

آبہٕ گژھتھ وٕژھ بہرجا گوہ نہو گرہ خار

... ... ... ... ...

ہیڈر صابن دوٚپ اُکھ کیا چھ چارے

پنن حاجتھ کڈن گژھ زور زارے

روٗڈن ڈانڈ ژارن گل نمبردار

آبہٕ گژھتھ وٕژھ بہرجا گوہ نہو گرہ خار

... ... ... ... ...

لندنہٕ ہنز حکم آو ژھہ داہ وری شن

کشیرِ منز کرِنہٕ آہ ڈاپہ وری شن

پیٹھ وٕچھے مالِ یوٗ ٹٲنِ گژھِ کار

در ملک ییٚنہٕ وٲلی گژھے اِظہار

... ... ... ... ...

کم گٔنڈر پنجاب اندر کٔشیرِ تَرن نا

کم گنڈر سوٗنڈر سونڈر کٔشیرِ تَرَن نا

بَرٕ گاہ ہتھ پے مَتہ پَتھر کٔشیرِ تَرَن نا

... ... ... ... ... ...

وَنہٕ وُن چھُ کاشرِ زنانہٕ ہُنٛد سُہ مزاج یُس گُنڈتہٕ خوٗشی
وزِ پھٹتھ چھُ نیران۔ یہ خوٗشی ہُنٛد دوہ چھُ تیمسِن اَکِس
چھوٚ برس تہٕ چھوٚ برِ ہُنٛد کھاندر بَنان۔ کھاندر چھُ زنانہٕ ہُنٛدِ
خاطرٕ اکھ سُہ دوہ ییٚتھ پیٹھ سُہ پننٮ۪ن احساسات وِرٛچھ ناوِتھ
ترٛاوان چھےٚ۔ وَنہٕ وُن کرنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ اُمِس کانٛہہ حیایا بَندِش
سپدان چھےٚ امہ دوہ پھٹتھ نیران۔ جاہاری چھےٚ زنانہٕ تعلیم یافتہ زنانہ
تام چھےٚ وَنہٕ وُن کرنہٕ خاطرٕ تمام انانیتکو جامہ نیبر کڈتھ ژھنان۔

وَنہٕ وُن چھُنہٕ صرف کھاندرس پیٹھے یوت ووان کرنہٕ۔ بلکہ
ییٚنہٕ پیٹھ تحریکِ آزادی شوٗرٕ گیہ۔ وَنہٕ وُن لوگُکھ لیڈرن
ہنٛد کرن۔ ہنٛد شیرِ کشمیر آسہ تن یا موٗموٗلی علاقہ لیڈر آسہ تن

کأشر زنانہٕ چھےٚ تِمَس وِنہٕ وان تہٕ تِمہٕ سِنٛدِ خاطرٕ پیٚنہٕ نِین جذباتن عکاسی کران۔

کأشر زنانہٕ چھےٚ لول تہٕ موحبتھ۔ تِمَس نِش چھُ موحبتھ اکھ عظیم حقیقتھ، یوٚسہٕ انسانہٕ سِنٛدِ خاطرٕ سیٹھا ضروٗری چھےٚ۔ ماجہِ کشیرِ ہٕنٛز یہٕ کوٗر چھےٚ پُرخلوص لول پننین تہٕ پرٛدین کُنہٕ تل وتھرٕراوان۔ سۄ چھےٚ اَکِس مَرٕدَس لرِ لوٗرٕ اَچھن ہیٚتھ جاے کرِتھ زندگی ہندین رازَن واقف کرناوان۔ سۄ چھےٚ اکھ حسین پیکر یَس برٛونٛہہ کنہٕ پرٛتھ پننُی تہٕ پرٛدُ اللہ صمد چھُ پران۔ تِمہٕ سُنٛد وَنہٕ وُن تہٕ چھُ تِمہٕ سے ہیوٗہ حسین۔ سہٕ چھُ تِمہٕ سِنٛدین جذباتن ہٕنٛز مِلوٚن تہٕ یہٕ وَنہٕ وُن چھُ کأشرِ ہِنٛز سیاست، اقتصادیات تہٕ اخلاقیات تہٕ۔ کأشر زنانہٕ چھےٚ زونہٕ ہیٚتھ کھَسَن واُلِس ہیٚتھ موہوٗلی "اَتھ چیلنس" تام کیٚن مالِکَن ہیٚتھ سوٗرٕچیتھ ہیکان تہٕ تِمَن پَنٛنہٕ فِل بدٕ ہیہٕ تِک بندی منٛز بشد کرِتھ اَسہٕ برٛونٛہہ کُن تھٲوان۔

وَنہٕ وُن چھُ لول۔ بوٗزِتھ لول تہٕ اجتماعی لوٗکٕ اکھ مجسمہ، یہٕ لول چھُ آفاقی، یہٕ لول چھُ اجتماعی، یہٕ لول چھُ انفرادی تہٕ یہٕ لول چھُ انسانی ییٚلہِ یہٕ کأشر زنانہٕ کأنسہٕ تہٕ محبوب لیڈرس لول بران چھےٚ تیٚلہِ چھُ سہٕ آرٕ ہُرتِھ زبانی منٛز ییتھ کُنہٕ گیوان:

چینکُ محمل وتھرُن ہیسَرن

از کوُر شیرِن جان تقریر

بیّیہ چھس وَنان :

مرحبا کرتو جانِ جانانس
تس پہلوانس آبروے آو
رومس تہٕ شامس بیّیہ مُلتانس
رٕنزٕ دوٗلہ گِندنے مادانس
سوے خبر گیہ ہندوستانس
تس پہلوانس آبروے آم

کأشرِ وُچھ دوہے سیأسی وولُل بُچھ تہٕ تمہٕ سٕندی لیڈر
تہٕ تمہٕ سٕندی شرِ رُوٗدی دوہے ظُلمُ برداش کران ۔ کأشر موٗزوٗر ،
کاشتکار ، زمیندار ، کالباف ، خاکروب ، پچھان ، ڈُیل تہٕ ووستاد
بیتر رُوٗدی دوہے ظُلمس منز نتیجہ دٕراو زٕ شیرِ کشمیر سٕنزِ دلاوٕز
شخصیتھ گےٚ پأدٕ ۔ شہ بیٚلہ داریاہ لٹہٕ جیل آو نیُنٕ ، کأشر
زنانہٕ دٕرایہ تمہٕ سٕندِ خاطرِ پیٚٹھ کنہٕ گیونٕ :

شیرِ کشمیر سٕنز موج وَدأنی
بسترٕ چھون چشمہٕ دورأنی

پانہٕ چھکھ سوٚ رنگ گرٕ چھےٚ چینک

دینک مقدر زٕ ہنیتھ آکھ

●

شُستر ڈنڈن پیچھ تٕلہٕ کرِے وہال

دہ من زِیُن چھُس تٕلہٕ کُنہٕ دزان

اُسی حَصن کرٕ ٹے پادٕن سر قٕہ بان

●

سوٗ ویر مُنز ڈرا کھو سعہٕ ہنٛز کنہٕ دوٚر

جنگ بہادُرو کر تقریر

●

شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

کھسِتھ سٹیجس پیٹھ گوڈٕ بسم اللہ

یی دوٚ خلقو سنی دوٚ خلقو

کر تقریر شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

●

سوٗ ریکہ بسکینہ شہرکہ نوٚرو

کر بہادُرو ژٕ لیے فدا پان

سرکار اوسُس ٹٹہ مانانۂ

شیرِ کشمیر شاہانۂ ڈُراو

گرم چِھسس تِلہ کڑاے سرد گوڑ پانے

شیرِ کشمیر شاہانۂ ڈُراو



جیلس مُنز اوس یُندرِ کاتِنہ

بادِل شُہ اوس نیرِ آنی

سرکار اوسُس ٹٹہ مانانۂ

شیرِ کشمیر ٹٹہ شاہانۂ ڈُراو



جیلس مُنز اوس فاقہ دیوانے

افطار نو اوس کڑانے

ژوُرے دوہہ دام اوس چِھیوانے

شیرِ کشمیر ٹٹہ شاہانۂ ڈُراو



شیخ صابہ لگہ یو دگہ ہِن شانن

بڈّیہ اقبال گین نشانن

جومہ پیٹھ آسس تم پوانے
پونڈ سیتۍ آسس تولانی
سہ پونڈ اوس زیادہ گرٹھانی
شیر کشمیر تتہ شاہ پہ ڈراو



جیلس منز اوس گرٹہ پہانے
ووہٹھ ووہٹھ اوٹ اوس کڈانے



چل ولو چل ولو شیر نزو
بٹنڈ پور محاذس کوڑ پہ تقریر
ناو پیوس عبداللہ شیر کشمیر
سیتو سیتو بیگ صاب چھا اکھ لیڈر
چل ولو چل ولو شیر نزو



موڈس چانس کیاہ چھ سامانہ
آو پڑان دین اسلام ہیچھ
موڈس تھہنڈس لال وُتھر پئہ
دپتھک تاجدار میونے ڈراو

ییٚلہٕ دۄپہٕے وَس تیٚلہٕ گرائے

گوکھ لارات سے بےپرواے

گگئے حیٲران تھٕدِ سرمایے

اقرارٕن چانین سَر قوربان

•

چینکُ مخمل وۄہ ہتھرِن ہیرٕن

ازکوٗر شیٖرن جان تقریرٕ

سوٗدٕر کرِ بسکینہٕ چینہ سے کے تاجو

دِینہ سے کے تاجو مُبارکھ

•

خانقاہِ مولےٚ حوٗرٕ آیہٕ وینہٕ وان

محمد عبداللہ چھیٚیے بہادُرے

پانٕہٕ چُھکھ سوٗدٕ رٕتیکھ گرٕ چھُے چینکُ

دِینکُ مُقدمہٕ زینہٕتھ آو

•

شیرِ کشمیرس ژھند بییہٕ اشیہ نورے

ہری صاحبنٕ کوٗرِ سیے

خانقاہ آسہٕ وُنہٕ وان حورے
شیر کشمیر سٕنٛز بٕہدۄرے

●

گلسینو کیشن بٕرۄنٛہہ کُن پکان گوٚ
یَتھے رنگ آنان گوٚ میاں شیر کشمیر

●

وُنی کینہہ نہٕ چھےٚ لُکہٕ بازہ بنان تہٕ ۱۹۴۷ء پیٹھٕ چھےٚ ہیمن ہُرِتھ گومُت۔ یِم ہیٚکی نہٕ وُنہٕ لُکہٕ سیاستس منٛز شامِل گژھتھ تکیازِ وُنہٕ چھےٚ نہٕ یم زیادہٕ وقتس جاری روٗدی ہیتۍ۔ اگر وقتن یِم بٕرۄنٛہہ پکناوِہن یِم گژھن لُکہٕ سیاستس منٛز شامِل وَرنہٕ مرَن ہمیشہ خاطرٕ۔ اَمکو آکھ نٕے نوٗمونہٕ کرٕ بٕہ پیش۔

وقت اوس دِگہٕ ہوٗے، گَہہ گوٚ بٕہ نیوٗس زٕٹھ ورُل
شمبو ناتھن ڈنڈٕ تولنے ، وچھن بے وایہ آزادی

●

دوٗپُکھ مُلکس دِمو اَسی نازٕ دوٗستوٗر
اَنٛکھ پرٕتھ جاے کانٛدر تہٕ بٔلیہ گرٕم نٛدوٗر

●

باپتھ منز یوسہ تہٕ لکہ سیاست موجود چھےٚ سۅ چھےٚ بالائی
طبقچ سیاسژ بیٚیہہ اکھ طنز تہٕ ٹُنٛڈ۔ وجہ چھُ یہ زِ یہ چھےٚ عام لۄکن
ہنٛز سیاست تہٕ یہ چھےٚ سیاسی تہٕ اقتصادی استحصالس خلاف
آواز۔ یہ چھےٚ آواز نابرابری خلاف تہٕ ناانصافیَن خلاف۔ یہ چھےٚ شۄد
سیاست تہٕ اَتھ منٛز چھنہٕ اغراض۔ یہ چھےٚ بے غرض سیاست۔ یہ چھےٚ
سۅ سیاست یتھ منٛز اقتدار حاصل کرنچ نیت چھنہٕ۔ یہ چھےٚ اکثر
بالائی طبقچ سیاسژ خلاف۔ یہ چھےٚ مخالف سیاست یوسہ عام
لۄکن ہنٛدین احساسن ہنٛز عکاسی کران چھےٚ۔ لکہ باپتھ چھ اکھ فِل
بدیہہ آواز، یوسہ ضمیر بیٚیہہ و دِتھ آسمانس سیٚت ٹکراوان چھےٚ
اَدٕے موجب گژھنہٕ حکمران طبقس یا بالائی طبقس یہ فخر آسُن
زِ تِم یہ کران چھِ سُہ کیا چھُ ژۄدِ رۄزان۔ تِمن پزِ یہ خیال کرُن
زِ تِہنٛد ظُلم تہٕ جبر چھُنہٕ جایہ بیکھنہ یوان تہٕ تاریخ چھ تِمن محفوظ
تھاوان۔ بالائی طبقک تہٕ حکمران طبقک پروپیگنڈا ہیکہ نہٕ اکھ
ختم کرِتھ۔ لکہ سیاست چھےٚ امہ پروپیگنڈا نِشہٕ بالاتر۔ سۅ چھےٚ
دِیچ آواز تہٕ صحی آواز۔

# سیاستُک پاُتھر

پروفیسر حاجنی صأب چھ نثرٕچ کتابہ منز کأشرِ شاعرن مُتعلق لیکھان زِ یمن چھُ آدنہٕ پیٹھے یہ شکایت روزمُت زِ یہ دُنیاہ چھُ اکھ کاوہ پینہ وول۔ نتہٕ اکھ باندٕ جشنا ییتھ منز نوی نوی پاُتھر چھ ییوان چارنہٕ۔ حاجنی صأب چھ اتھ یم شعر تہٕ شأمل کران :

سمے زن باندٕ جشنا زان

گرٕ چس ییتھ تیتھہ گنڈُن سامان

نوٕ وُے نوٕو پاُتھرا ہیتھ آو

نیٚندرٕ موٚتراو نیٚندرٕ موٚتراو (کرشنہ رازدان)

پروفیسر حاجنی صأب چھ دیوان وہس منز باندٕ رقص ناوٕ اکھ نظم تہٕ ترتیب دِوان یوسہ حضرت وہاب پرین لیچھمٕژ چھے۔ اکھ نظمہ منز چھ باندٕ رقص تہٕ پأتھرس مُتعلق غیر متعصب جذبات اظہار پیش کرنہٕ۔ وہاب پرے چھٕنہ دُنی کینہ کنہ تاریخک موحتاج۔ تمن مُتعلق چھُ حاجنی صأبن ترتیب دِنہٕ آمژ کتابہ تہنز شخصیتہ دوبالا کرنس منز مدد دِوان۔ یہنز نظم باندٕ رقص کرہ تمن وعن توجہ پیش

چھِ گنہ ناہ لیکن نصیحتھ وارِیاہ دربانڈ رقص

چھِ کران ظاہر خجالتھ پیش رو تہٕ راندٕ رقص

یِتھ أکِس قومَس اِشارہ تہٕ دِوان ازٕ نیکٕ بد

تہٕ بیٚیِن کھالان خرس ہاوان بہانہٕ ساندٕ رقص

چھِ بہ مستوران خجالتھ بیگم راجہ بغأر

ورد راجَن کرٕ ندامتھ تا حقارتھ لونٛدٕ رقص

مُجرِمَس تنبیہ کران تہٕ درسیاست روسیاہ

چھُ اِشارہ تُنٛد نصیحتھ عاقلان از واندٕ رقص

نقل از بد خوٗیے عابد شکلِ بد کاذب بنان

عقلہ کنہِ بوزان نصیحتھ عاقلان از واندٕ رقص

گَم زہن کأژہ خجالتھ چھکھ کران در پیش رو

بہ دہانِ مُشرِکان شرم و خجالتھ تھانڈٕ رقص

ہوشیار رو از اشار یِتھ کیٚتھے مضمون بوز

رٕقص وَقتہ وقتہ زیبا وَنہٕ نیا ژھانڈٕ رقص

اے وہاب از رقص رندان رقص ہا برعکس چھِ

تِمہ رقصہ نیشہ سورے ہوٗنی دورن کانٛدٕ رقص

بانڈ پاتھر چھِ کأشرِ سِنٛد خاطر تیوت پرٛون یوت سہ

پانہٕ چھُ۔ ہرگاہ باںڈٕ پاٹھرٕچ تاریخ ژارنہٕ لگوسَو یِمہٕ نہٕ اَسہِ کینہہ
تیکیازِ ساںنِ زبان چھےٚ وُنہٕ پھانپھلان تہٕ بڈونیٹھ کالہٕ اوسنہٕ امہِ کین
مختلف صِنفن کُن کانٛہہ توجہ یوان دِنہٕ۔ اَسہِ پَزِ حضرت وہاب پرٛین
شُکرگذار روزُن زِ یِمَن شارَن منٛز چھِ تِمو اَسہِ یِنہٕ وقتہٕ کین
واریاہَن پاٹھرَن ہندِ ناوٕ پیش کٔرِ مٕتؠ، یِمَن منٛز چھُ راںڈٕ رٕقص
یِتھۍ منٛز بے اَدب کتھن مُتلق پاٹھر آسہٕ یوان چارنہٕ۔ شاںڈٕ رٕقص
لونڈٕ رٕقص، راجہ رٕقص، واںڈٕ رٕقص، لھاںڈٕ رٕقص تہٕ کانڈٕ رٕقص
ہِم پاٹھر تہٕ چھِ آسومٕتؠ یوان لوٗکن ہاونہٕ۔ راجہ رقصس چھُ
وُنِ کین یوان راجہ پاٹھر ناوٕ دِنہٕ۔

کٔشیرِ منٛز چھِ وُنِ کین تہٕ باںڈ موجود تہٕ ہرگاہ یِہنٛز پےٚ تہٕ
ہیٚہ نہٕ بیٚیہ تہٕ مٔحفوٗظ کرنہٕ، یہِ صِنف گژھ ختم۔ وُنِ کین چھِ اَسہِ
کمرازس منٛز تہٕ مرازس منٛز واریاہ تِم گام یِمَن منٛز تِم باںڈ چھِ روزان
یِہُند خٔصوٗصی شغل چھُ جشنہ کرُن۔ باںڈٕ جشنہ چھُ واریاہ
کالہٕ پیٚٹھٕ کٔشیرِ منٛز عام۔ یِم جشن چھِ اکثر گامَن منٛز یوان
ہاونہٕ تہٕ بٔتیہ اکثر آستانَن پیٹھ یوان پیش کرنہٕ۔ اکثر لوٗک تہٕ
چھِ اَتھ نیچہ نظرٕ وُچھان تیکیازِ یِہُند خیال چھُ زِ یہِ چھےٚ اَکھ کم
ظرف صِنف، یٔمیہ سیٚتؠ اخلاق بگرٕنک اندیشہ چھُ۔ کینٛہہ لوٗک چھِ

اَکھ نَصیحَتھ کرنَک اَکھ خاص ذٔریعہ زانان۔ بہر صوٗرت تِم کام یِمَن
مَنز وُنی کیٚن تہٕ بانٛڑ چھِ موجوٗد، یِم جَشنہٕ چھِ کران تِمَن مَنز چھِ بامبرٕ ووٗد
مَرس پیٚچھٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ بوہمی، پَلہالَن، گُل کام، ہیتہٕ مُل تہٕ لال
پور، تہٕ بانٛڑ یِم جشنہٕ چھِ کران۔ مرازس مَنز چھِ وہ تور، بلہ پور تہٕ
موہور پور کام یِمَن مَنز تِم بانٛڑ چھِ موجوٗد یِم پاتھر زانَن کرٕن۔ یِمو
کامو بغٲر تہٕ چھِ یِتھہ علاقس مَنز بانٛڑ موجوٗد مگر تِم چھِنہٕ جَشنہٕ
یا پاتھر کرٕن زانان۔ تِمَن چھُ ڈول تہٕ سوٗرنے حرف ییٚچھنُک اَکھ
ذٔریعہ۔

نوکری بَروٚنٛہہ رُودُس بہٕ اکثر بانٛڈٕ پاتھرٕ وُچھان تہٕ مےٚ
چھُ یہِ تاثُر تِمَن دوٚہَن زِ یِتھہ کانٛہہ پاتھر اوس اَکہ نَتہٕ اَکہِ طریقہ
انتظامیس، حوٗکومتس تہٕ عدالتَن مُتعلق ٹٔسنہٕ کران۔ بانٛڈٕ پاتھرَن
ہُنٛز چھےٚ اَکھ یہِ خصوٗصیتھ زِ یِہُنٛد غرض و غایت چھُ لُکن
ہُنٛد کردار بُلنٛد کرُن۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شَک زِ یہِ چھُ وُچھَن وٲلِس
تام زِ سُہ کیاہ مطلب کڑِ اَمہِ مَنز۔ عام طور چھِ لُکھ اَتھ سیٚٹھا
کم ظرف صِنف تَصوُر کران۔ اَما پوٗز ییٚلہِ یِمَن پاتھرَن ہُنٛد
سنجیدہ مُطالعہ ییہِ کرنہٕ تیٚلہِ ییہِ سید زِ یہِ چھُ سُہ
موٚہنیو بیٚین کردار بناونَس مَنز مدد دِیہ ہیٚے۔ کانٛہہ بانٛڈٕ پاتھرٕ چھِ اَمِس

سعہ کامہ پیٚیہ سہٕ انگلستانس منٛز شیکسپیئر سٕندۍ سٹیج اوس پوٚد کران یا
یُس وُنی کینٛہہ فِلم چھُ پیٚدٕ کرنہٕچ کوٗشش کران۔ کانٛہہ تہٕ مُسہ مہعہٕ نٔر
یُس کِردار بناونہٕ خاطرٕ کوٗشش چھُ کران تہٕ ہاوُنہٕ خاطرٕ مجبوٗر نہٕ بدی
کیاہ سگے تہٕ نیکی کیاہ گیہ۔ اگر اکہٕ فِلمہٕ ہُنٛد وُچھن وول فِلم وُچھنہٕ
پتہٕ صرف زارٕ گنٛدُن ہیٚچھہ سُہ چھُنہٕ اکہٕ فِلمہٕ ہُنٛد قدٗر شناس۔ سُہ چھُ تمس
شخصیہ سٕنٛد قدٗر شناس یٔمہ فِلم وُچھنہٕ پتہٕ تہٕ صرف اکھ انسانٕنی برانٛہہ
ہیٚچھنُک فٲصلہٕ کوٗر۔ یہے حال چھُ بانٛڈٕ پٲتھر۔ بانٛڈٕ پٲتھر
چھُ کاشُرٕ سٕنٛد سہٕ رُجحان پیش کران یُس اَکِس عام کٲشرٕ سٕنٛد
رُجحان چھُ۔ سہٕ چھُنہٕ اَکِس پرٕ میتِس تہٕ لیکھی میتہٕ سٕندی پٲتی
احساسات پیش کران۔ تکیہٕ پٲتھر چھُ لگہٕ ادبُک اکھ سہٕ حصہٕ یُس
تمہٕ سٕندی عام جذبات چھُ پیش کران نہ کہ خصوٗصی انسانن
ہٕندی جذبات۔ سہٕ چھُنہٕ صرف مذہبی اخلاق پیش کران بلکہ اقتصادی
روحانی تہٕ سیاسی رُجحانات تہٕ پیش کران۔ ییٚتہٕ پہ مسلے بامبراو کس
اَکِس پٲتھر گرِس پیٚٹھ زٕ سہٕ گفتگوٗیس سہٕ سٹیجس پیٚٹھ کران چھُ
سہٕ چھا تمہٕ آسان برونٛہہ ٹیو کھمت تمہٕ دیُت کھٔرٕ کرِتھ جواب زٕ
تمہٕ بُنہٕ زِیو چھُنہٕ تمہٕ وِزِ تمہٕ سُنہٕ زِیو آسان بلکہ چھُ سہٕ تمہٕ حاوٗرِ پیچ
پاداہار آسان یُس سٹیجس برونٛہہ ٹس ذٔریٚتھ چھُ پوان۔ سُہ

باٚنڈ اوس آمیٚتُک قٲیِل زِ تِمو سٟتؠ زیوٗرِ چھُ اَکھ روٗحٲنی طاقتھ نِژ
ناوان تہٕ بولناوان نہ کہِ صرف دُنیاوی سٹیج۔

کٲشرِ زبٲنی منٛز کیٛاہ چھےٚ باٚنڈ پاٚتھرُک افادیت چھُ زبان
دانَن فٲصلہ کرُن۔ مےٚ چھےٚ صرف یہِ کٔنہہ کتھ کرٕنۍ منٛز۔ خوٗشی
حٲصِل سپدان زِ باٚنڈ پاٚتھر چھُ سیٲسی رُجحان پیش کرنہٕ خٲطرٕ
اَکھ رٕژ وَتھ۔ یہ چھُ "زونہٕ ڈب" ہینٛدِ پاٚٹھۍ حوٗکومتس پیٛٹھ
تنقید کرنُک اَکھ صٔحی تہٕ جان وَتھ۔ تنقید چھُ جمہوریتُک بقا خٲطرٕ
اَکھ ضروٗری طریقہ کار۔ یہ تنقید چھُ حُکمران طبقس پننین خٲمین
مُتعلق احساس دوان تہٕ تِم چھِ پانہٕ پانس تہٕ پننین کارَن اِصلاح
کران نتہٕ چھِ تِم حوٗکومتہٕ ژھاوان تہٕ بیٛیس حوٗکومت کرنُک موقعہٕ
بخشان۔ تِم قوم چھِ اکثر واُران گژھان۔ یُس ہنٛد حُکمران طبقہ سیٲسی
تنقید چھُنہٕ برداشت کران۔

وُنیکِس تام کیٛتیاہ باٚنڈ پاٚتھر آیہِ ژھٔنِنہٕ منٛز ہاونہٕ چھُنہٕ وَنُن
مُمکن مگر یہِ چھُ یَژھ زِ دارِ یاہ پاٚتھر آیہِ وز وز ہاونہٕ تہٕ تِم آسہٕ تِمہٕ کیٛن
سماجچ عکاسی کران یتھِ سماجکہِ کردار تِم پاٚتھر آسی چارن۔ ووٗنی
تہٕ چھِ دارِ یاہ باٚنڈ پاٚتھر آیہِ تعج۔ یِمو منٛز چھِ کیٛنہہ باجرادک باٚنڈ ہاوان
تہٕ کیٛنہہ باقی جاین ہینٛدۍ باٚنڈ پیش کران۔ مےٚ چھِ کیٛنہہ

پاتھر بنہٕ نین پٔرن والین ہنٛد خاطرٕ ژارٕ میتھ، یوٗد بہٕ ہیکہ
تِم یہ باور کرناوِتھ زِ بانڈٕ پاتھر چھےٚ سیاسَت تیتھے کنۍ ورتاوان
یِتھ تِم بٔنیہ کانٛہہ مقصد ورتاونس منٛز کامیاب چھِ سپدان۔ مےٚ
چھےٚ ووٚمید زِ پٔرن والی زانَن زِ حوالہٕ کو متَس تنقید کرٕن چھِنہٕ حرف
پلیٹ فارمس پیٹھٕ کھٔسِتھ یوت مُمکن ٹٔلی کہ چھُ یہ پاتھر کرِتھ زیادٕ
اثر انداز سپدنک امکان۔ پلیٹ فارمس پیٹھٕ یِتھ حوالہ کو متَس تنقید
کرٕن چھُ اَکھ سیاسی ہتھیار ثابت، تکیازِ تِمہ سیتی چھُ تنقید
کرن والِس یہ خبر زِ اکہٕ وقتہٕ کرِ شہ سیاسی اقتدار حاصل اُمِس
شخصَس چھےٚ یہ خبر زِ سیاسی اقتدار دِیہ اُمِس اقتصادی استحکام
تہٕ سماجی بجر۔ شہ ہیٚکہ باقین لوٗکن تسلط کرنس منٛز کامیاب
روٗزِتھ۔ اَتھ مخالف چھِ پاتھر چارن والِس یہ خبر زِ شہ چھُ حرف
سیاسی استحکام تہٕ امنہٕ خاطرٕ کأم کران تہٕ پاتھر سیتی چھُ یہ
حکمران طبقس واضح کران زِ شہ روزِ ظُلمہ نِشہ دوٗر نتہٕ ہیٚکہ
شہ ژھوٚپہٕ کرِتھ اَکھ اِنقلاب اَنِتھ تہٕ تِمَس ظالم حکمرانس تباہ
کرِتھ۔ مےٚ چھِ بامراد پاتھر گرِن نِشہ پانٛژھ پاتھر اَمہ مقصدٕ
خاطرٕ ژارِ میتھ یِہنز سام بہٕ بوٚنہٕ کنہٕ ہمہٕ۔ یِم پانٛژھ پاتھر
چھِ :

(۱) موغل پأٹھر

(۲) راجہ پأٹھر

(۳) چک وال پأٹھر

(۴) بُسنہٕ پأٹھر

(۵) دُرزٕ پأٹھر

کٔشیرِ منز چھےٚ موغل حۆکومتہ ۱۵۸۶ءتام روز مٕژ۔

باسان چھُ زِ موغل پأٹھر آسہ آمہٕ دورِ حۆکومت پیٹھ تتھ حۆکومتس پیٹھ بحثیتِ تنقید آمُت چارنہٕ۔ اتھ چھ کیٚنٛہہ وۄجوہات۔ گۄڈنیُک وجہ چھُ زِ اَگہ موٗرِخ چھُنہٕ ہیکان وقتہٕ کِس حاکِمس تنقید کٔرِتھ، تِکیازِ سہ چھُ تمۍ سٕندِس قہرس کھوژان۔ دۆیُم وجہہ چھُ یہ زِ پٔریتھ کانٛہہ ییٚنہٕ وول حاکِم چھُ نیرِن وألس حاکِمس خلاف بولان۔ یۄد تمۍ سٕنٛز حۆکومتہ استحکام لبہٕ۔ پروفیسر رابرٹ وال چھُ وَنان زِ پٔرتھ کانٛہہ وقتُک حاکِم چھُ پننہِ حۆکومتہ پاک وصاف تہٕ جان زانان۔ یام اَکھ حاکِم اقتدارٕ نِشہِ محروم چھُ یِوان کرنہٕ یا چھُ حۆکومت ژاوان تمۍ سٕندِس حۆکومتس پیٹھ چھُ یِوان صحی پأٹھۍ تنقید کرنہٕ۔ موغل پأٹھرس منز چھےٚ یِہاے کیفیتھ بیان سٕپدان۔

موغل پأٹھرس منز چھُ خۄصوٗصی کِردار پادشاہ یِمس ناو

چھُہ لوٗدٕ میرزٕ۔ یہ میرزٕ چھُہ پأتھر کرنہٕ خأطر سٹیجس پیٹھ پیش سپدان۔ تہٕ بچہ کوٚٹ چھُس سیٚتۍ اَژان۔ پتہٕ پتہٕ چھُس حشمہٕ اَژان تہٕ سیٚتۍ چھِک ماگَن جماعتہٕ آسان۔ میرزِس چھُہ اَکھ نوکر تہٕ آسان ییٚمہ سُنٛد ناو چھُہ خیراتی

پادشاہ چھُہ بِہنہٕ جاے رٹان تہٕ سأری چھِہ اَمِس سلام کران۔

پادشاہ چھُہ نوکرس حُکُم کران زِ سُہ کرِ اَمِس کھوٚرَن مۆنٛڈ۔ یہ چھُہ مۆنٛڈ دِوان تہٕ سیٚتۍ چھِہ اَکِس مسخرس سیٚتۍ اَکھ ٹسنہٕ یہ کران زِ پادشاہس تہٕ نوکرس کیاہ چھےٚ بحیثیت انسان فرق تہٕ اَدٕ موجوب کیتہٕ کُنہٕ چھُہ سُہ یہ حق تھاوان زِ سُہ دِیہ اَمہ سٕنٛدِین کھوٚرَن مۆنٛڈ

اسماعیل چھُہ مسخرس ناو آسان۔

اَدٕ پتہٕ چھِہ مختلف کردارَن ہنٛز کیفیت شورُک گژھان۔ اکثر کردار چھِہ فارسی کلامہٕ کران۔ یہ فارسی چھےٚ موٚدٕر آسان تہٕ وُنی کین چھِنہٕ زیادٕ کأشرِ فارسی زانان۔ مغلَن ہنٛد پیٚتہٕ سیٚتۍ اوس کٔشیرِ منٛز فارسیُک چلے جاو لوگمُت۔

یہ چھےٚ ننہٕ کنہٕ زِ یہ گژھ پٹھانَن ہنٛدِس وقتس منٛز پأتھر بناونہٕ آمت آسُن یۆدوَے مغلَن ہنٛدِس دورِ حکومتس ٹسنہٕ آو کرنہٕ۔ بہرصورت پأتھرن منٛز چھِہ مختلف الچی یوان تہٕ بڈٕ میرزٕ سٕنٛدِین مختلف علاقَن ہنٛز شیٚچھ اَنان۔ ییٚمہ شیچھہ عجیب تہٕ

آسان تہٕ ہارٲن گٔژھن تہٕ۔

پأٹھرس درمیان چھُ لمبردارن تہٕ پوان اَنہٕ۔ اَمس نیشہ چھُ
ژھہ مالیہ وۄصوٗل کران۔ یُس ژہ زمیندارس نیشہ بحثیت ڈالی چھہ
حاصل کران۔ زمینداریس چھُ فیصدہ کھور آسان ناو تہٕ لمبردارسند
ناو چھہ رأمس ڈار آسان۔

حقیقتس چھےٚ زِ یہٕ سورُے وِچھنہٕ سیٹھا چھُ یہٕ باسان زِ
کردار چھہ تمہٕ حکمران طبقکی زِٹھ یمن اقتدار چھُ حاصل مگر چھوٗکو
کرٕنچ اَہلیتھ چھکہٕ نہٕ۔ میرزٕ سٕنزِ بٔڈ کتھ تہٕ حکمس چھُ ژٕٹنہٕ
پیوان کرٕنہٕ۔

پأٹھرچ اکھ ضرورتھ چھےٚ یہٕ آسان زِ عوام الناس گژھن
وِزِ وِزِ آسناوِنہٕ تہٕ یِن۔ اور موجوب چھُ مونغل پأٹھرس منز سحر
اسمائیل تہٕ حبشس سعہ کأم پوٗرٕ کران۔

مونغل پأٹھر چھُ یہٕ تاثر پأدٕ کران زِ مونغل ریاست چھےٚ
اکھ سعہ مطلق العنان بادشاہت پیش کران یوس ہیشہ لوکن ہنٛدِ
بہبودی ہنٛد خیال آسہ تہٕ حکمران طبقچ خوشحالی ہنز آسس فکر۔
اما پوز یہ تہٕ کتھ عام لوکن ہنٛد کردار چھہ پیش کران تمہٕ سیٹھا چھُ
یہٕ تاثر پأدٕ سپدان زِ اَمہٕ وقتکی باثر لوکھ چھہ اکھا اکھ فلانی مملکت

پٹھان بناوِنہٕ۔

اَتھ پاٹھرس منٛز چھےٚ اَکھ مانٛگن جماتھ تہٕ اَڈان۔ یہ جماتھ
چھےٚ سہٕ کردار پیش کران ییٚس پتہٕ کالی ژٕم لوکھ اَسہِ پیش کران
یِم دربارن اَندر پکھو اَسہِ آسان تہٕ یمن اَسہِ پنٕنہٕ ہُم خیال بناوان۔
یِم چھےٚ دربارٕ ہُنٛد کردار ادا کران۔ مگر یِہُنٛد مُدعا تہٕ مقصد چھُ
یہ آسان زِ ساٗری گزٕرِتھ تمو حکمو نِشہٕ دور روزن یا بازِ پُن یِم رعیت کسن
آسایِشن خلاف آسن۔ یہ مانٛگن جماتھ چھےٚ یہ کام کران زِ بادشاہس
مُتعلق وَنن تِمہ کتھہ یِم لوکھ جان پاٹھو چھہ پھِران تہٕ بٔیِیہ تِمہ کتھہ
تہٕ پیش کران یِمن متعلق لوکھ نہ چھیہ وَنان۔ یِتھہٕ کنہ چھہ تِم حُکمران
طَبقس قوٗمی تہٕ مُلکی فاصلہٕ نِنس منٛز اثر انداز سپدان۔

موغل پاٹھرس منٛز چھُ خیراتی اَکھ خاص کردار۔ یہ چھُ سہٕ
کردار یُس مُلکٕن ہِندستانٕ چھُ کٔرِتھ آمُت آسان تہٕ فارسی منٛز
چھُ یِتھہٕ کنہ کلام کران:

"بش نوکر صاحبو۔ من حقیقت غلام پیشہ صاحب اظہار
کرد۔ من اہل ولایت بود، جہان آباد۔ پہ تو کردیم برسیدیم دلی، دلی
خود پہ تو کردیم لاہور، نزد بادشاہ چو خوش حال خوش شد، لاہور خود
پہ تو کردیم بر راولپنڈی، پنڈی را تانگرا شدیم رسیدیم بارہ مولہ

چنٛا کشتی آوردیم رسیدیم نگر۔ نگرٕ پرتو کردیم رسیدیم شیر گڈھی"

ییٚمہٕ فارسی سیتٕ چھُ یہ تاثُر باوٕنہٕ یِوان زِ سانِٛس ثقافتس

پیٚٹھ کوتاہ چھ فارسی اثر انداز روٗد مُت۔ یِتھٕ چھُ اندازٕ لگان زِ

اَکھ غوٗلام تہٕ کوتاہ چھُ موغل مملکتُک جغرافیہ زانان تہٕ مملکتکی

احوال رٕچھتہٕ کنہٕ چھُ پادشاہ وقتَس برٛونٛہہ کُن تھاوان۔

اَمہٕ موغل پاتٕھر یِتہٕ چھُ راجہ پاتٕھر یِوان یِتھٕ لوٗکھ

وُچھیتہٕ واہ واہ چھ کران۔ اَمہِ پاتٕھرٕچ تاریخ تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ مولوٗم سپدِتھ

اَما پوٚز پاتٕھر وُچھیتہٕ چھُ اَکھ شخص یہ اندازٕ کرنَس منز بجا زِ یِتہٕ

پاتٕھر چھُ پٹھانن ہندس عہدس خلاف تہِندِ زوالہٕ پتہٕ رائج گوٚمُت

اَمہِ پاتٕھرٕچ اَکھ خوصوٗصیتھ چھےٚ یہ زِ لوٗکھ چھ دورانِ پاتٕھر

اَکثر کھوشہِ ناوِنہٕ یِوان۔

کاشُر چھُ بذاتِ شریف۔ اما پوٚز بیروٗنی موٗرخ چھُ اَمِس

بُزدِل تصوٗر کران۔ اَوے کِنہٕ چھُ پٹھان تہٕندِ یہ کھوشہ ناوُن سیٹھا

شہال۔ اَتھ پاتٕھرس منز گَژھان اَوے اَکھ پٹھان یِوان تہٕ بییہ

اَکھ شاہ غاسس تہٕ بچہ سیٹھس سیٹھ داخل سپدان۔ راجہ سُنٛد

اردلی چھُ شاہ غاسس۔ پٹھان چھ بوٚندوق ہیتھ سیٹھس نَژان روزان

بچہ چھُس یہ بوٚندوق نیٚنہِ کوشش کران۔ مگر سُہ کَتہٕ ہیٚکہٕ تہٕ کرِتھ

ٹیکیاز اؔخر بچہ چھُ بچہ۔ اَمہ پتہٕ چھُ راجہ اَژان تہٕ کُرسی پیٹھ بِڑِ
ثانہٕ سان بِہان۔

راجہ پاٹھرس منز چھ اَمہِ پتہٕ وارِیاہ کِردار پیش سپدان۔
یمن منز چھ مُنشی، شکر کاک، بالہ، رسایی، گامی تہٕ شہری، ناٹید
تہٕ بییہ اَکھ اکونٹنٹ آسان۔ راجہ چھُ اَمہ پتہٕ مختلف مُقدمن فیصلہ
دِوان تہٕ بخشائیشن حاصل کران۔ دوران پاٹھریس تہٕ گُفتگو
چھ سپدان۔ تمثیلک مُدا تہٕ غرض چھُ یہ زِ راجہ کیتہٕ کَنہ چھ حوکومت
چلاوان، پیٹھان کُس ظُلم چھُ کران تہٕ سیتو کو ماتہ چھُ بیقل آسان
تہٕ بیتر۔ اَتھ پاٹھرس منز چھُ راجہ تمام رَسمہٕ کامہ کران۔ یم تیُمس
بحثیتِ حاکم انجام چھِ آسان دِنہٕ۔ سیٹیجس پیٹھ چھ رَسم کِردار تہٕ بییہ
سپدان یم راجہ سندین فیصلن یا تہٕ تعریف چھ کران یا تہٕ رِچھک
ٹھٹہٕ کران۔ اثر انداز سپدن والی کِردار تہٕ چھ پننہ کامہ ہِن کران۔
یلتہٕ کِنہ چھُ راجہ پاٹھر قومی فیصلن ہنز منظوری تہٕ حاصل کران
تہٕ قومی فیصلن رَد تہٕ کران۔ امہ پتہٕ اگر یہ تصور ییہِ کرنہٕ زِ یم پاٹھر
اَسہِ وقتکو راجہ کرناوان تیٚلہ گژھ یہ وَنُن موزون زِ ریڈیوک بیتر
پروپیگنڈہٕ کرنکو ذرایع نہٕ آسنہٕ موجوب اوس باندہٕ پاٹھر بادشاہن
ہیندِ سو فیصلہ لوکن تام واتہٕ ناونک اَکھ ذریعہ۔

وبسہٕ نہٕ پاٹھر، چھُ اَکھ سُہ پاٹھریس زُ کہ تتھ جماژ ترجمٲنی چھُ کران ییتھ اَسی علم سیاسیاتس منز " الیٖت " چھ وَنان ۔ یہ جماتھ چھ اکثر فٲصلہٕ کرن والین پیٹھ اَثر انداز سپدان ۔ یہ جماتھ چھےٚ اَکہٕ سماجک سُہ حِصہٕ یُس پننہِ وجوٗد اہم زٲنِتھ حُکمران طبقس پیٹھ حاوی چھُ سپدان ۔ اَتھ چھ اَسی بالٲیی طبقہ ناو دِوان ۔ اَتھ پاٹھرس منز چھےٚ گوڈٕ خوجہ جماتھ آژان تہٕ پتہٕ اَکھ جدال جماتھ پاٹھر چاران ۔ پاٹھر چارَن والین ہنٛزِ یمہٕ زٕ جماژ سیاسی ڈُنیہس پیٹھ بڈٕ جان پاٹھۍ ٹٕشنہٕ کران ۔

خوجہ جماژ سیتی چھُ بجرِ تہٕ لانٛش تہٕ آژان ۔ جدال جماژ منز چھُ چینہ کاک تہٕ ٹوکر شٲمِل ۔ سارِی ناو چھِ مضحکہ خیز تکیازِ پاٹھرس منز چھِ زندگی ہِنٛدین تمام شعبن ہنٛز سام ہیوان ہینہٕ ۔ اَدے مۄجوٗب چھِنہٕ تِم لُکن بور کران، بلکہ چھکھ اَسیہٕ ناوٕنہٕ خٲطرٕ تہٕ کینٛہہ کتھ وَنان ۔ اَکس سٹیج کردارس منز سارِوے کھوتہٕ بڈٕ ہِش ذمہ دٲری چھےٚ تماشہ بینن ہنٛد حس پانس کُن مرکوز کرُن ۔ یہوے وجہ چھُ زِ بسنہ پاٹھرس منز چھِ ، موجہ جوٗ ، منہٕ جوٗ ، بلہٕ جوٗ تہٕ بے قدر جوٗ ہِی ناو آمتی تھاونہٕ ۔ جوٗن ہنٛز نسبتھ چھ کینٛہہ مورخ بنی اسرائیلی

اَتھ سیٚتھؠ باوٕن ہنٛز ییتھ نیت زِ کاشُر کردار کیاہ چھُ۔

یِمہ جوٗ چھِ آسان نَزدیٖس گَنڈان تہٕ جَدال جماعتہٕ چھےٚ آسان
سٹیٚجس چھیران۔ یہ پاٹھۍ چھُ سٲنِس سیٹھاہ طبقاتی فرق ظاہر کران
یُس اَکِس سرمایہ دارانہ نظامس منٛز چھُ آسہ دَر پیٚشہٕ پیوان۔ یہ طبقاتی
کشمکش چھےٚ سیاستس پننہٕ مودٕ دِوان۔ تہٕ غریب طبقس ہمیشہ
غریب تھاوان تہٕ اَمیر طبقس زیادہ اَمیر بناوان۔ جدالن ہنٛز جماعت
چھےٚ یہ تاثُر پاٹھۍ کران زِ تِم چھِ موٗمٕلی اِنسان تہٕ کام چھِ سیٚدھا کران
تہٕ زوٗ دِتھ کران تہٕ خٔرچ چھُ صرف نَزدیٖس گَنڈان۔

سٹیجس پیٹھ چھےٚ اَکِس خٔرچ نہٕ آدس شُونگہٕ ناوان تہٕ
اَمہٕ سُند نوکر چھُ باقین نان زِ تِم کَرن نوکرس سیٹھا لعنتہٕ کتھ یوٗد
زَن خٔرچ زادس نیٚندرِ ناش گَژھِ نہٕ۔ یانہٕ چھُ نوکرہ سیٹھاہ بَد کتھ
کران۔ یہ چھُ ظاہر کران زِ کتھ کنہٕ چھُ کشیرِ منٛز اَکھ طبقہ سہ
اوسمُت یُس کانٛہہ کام کَرنہٕ بغٲر جان پاٹھۍ زندگی استعمال کٔرِ
کٔرِتھ کھیوان تہٕ چھیوان چھُ اوسمُت۔ یہ کتھ چھےٚ سر لارڈ لارینس
تہٕ پننہٕ کتابہٕ " دی ویلی آف کشمیرس" منٛز مٲنی ہرتھ لیٚچھمٕژ۔

چَک والی پاٹھۍ چھُ جاگیرداری نظام پیچھ تہٕ جمانی کران۔ آمہ
ترٛاوِتھ کہ اَکھ ہموسام یہ کتھ وَننہٕ چھےٚ ضروری زِ کشیرِ منٛز

پٔتھ میون کینژن صدین منز جاگیردأری نظامس تل سماجی، اقتصادی
کیو سیاسی طور دبتھ۔ جاگیردار اوس پرٛتھ طرفہ کاشتکارس
پیٹھ ظلم کران۔ حقیقت چھے زِ ۱۹۴۷ء پیٹھ گیہ اتھ نظامس
اکھ خصوصی تبدیلی۔

برونٹھ اوس یتہ جاگیردار سہ ظلم کران یُس سیٹھا غیر
اخلاقی تہٕ غیر انسانی اوس۔ یہ ظلم چھُ کاشُر زبانی ہندین تقریباً
تمام صنفن منز وچھنہ آمُت۔ شاعرن اوس اَتھ خلاف لیکھان
تہٕ لوکھ تہٕ آسہ اَتھ خلاف کرکھ لایان تہٕ بانڈ تہٕ اوس یہ پاتھرس
منز چاران۔ مگر جاگیردار اوس نہٕ کاشتکارس سہ کھ دِوان۔ سہ اوس
اَمس پتہٕ پتہٕ لاران۔ کاشتکارسنز اُس یہ حالتھ زِ تِمس اوس
جاگیردارنہ اُرشند کارہ مُسلہ دالان۔ یمن پنُن زمین اوس تہٕ
سُہ تہٕ اوس وہسنہ گژھتہٕ بتہٕ بغأر روزان "ٹکیاز اکثر حوالہ گژھ آسہ
آمس جنسس منز یکس ہیوان"۔ امہ موجوب اوس سہ پنُن دانہ
زمین منز تران۔ لارڈ لارنس چھُ امہ ظلمک تصویر یتھہ کنہٕ پیش
کران۔

" جاگیرن آسی مجبور ہینہٕ خاطرٕ تھوٚو اختیار، تیمہ سیتہٕ زن
تم آسی نکامس تمام ورٕہ گیہ، غلہ ہیکان آسی نہتہ۔ بیگار ہینکہ

اختیار اوس یمن مجوزن ہندِ کھتہٕ تہٕ ژوٚر۔ اَما پوٚز لوکھ اٲسۍ غلہٕ زِ سین
منز ژوٚر تھاوان۔ یوٚد تہٕ ہمنس اہل و عیالس توٚت تام ہیکہٕ ہن زِندہٕ
تھاوِتھ یوٚت تام اَمہٕ کھیوٚن لایق گژھہٕ ہے۔ مگر یہٕ اوس تمہٕ وزِ سیٹھا
مشکل ژوٚر تھاوُن آسان۔ ییٚمہٕ وزِ حاکم تلاشی کرَنہٕ آسۍ نیران۔

اَما پوٚز چک دارِی تہٕ جاگیرداری ہندِ اثہٕ روٚد دارِ پانس
کالس موجود تہٕ سون پاٹھر گوٚو روٚد یہٕ اَمہٕ نِشہٕ بے خبر۔ سۆ چھہٕ اَندری
پکو کین تمام حالاتن ہُند خصوصی طور مطالعہ کرنہٕ بجاے اَمہٕ سیتھ
متاثر تہٕ گژھان۔ تہٕ لہٰذا چھہٕ سۆ چک والی پاٹھر سٹیجس پیٹھ پیش
کران تہٕ پتہٕ کنہٕ پیش کران زِ لوکن ہُندِ خاطرٕ چھہٕ عبرتھ بنان
تہٕ حاکمن ہندِ خاطرٕ مشور تہٕ وارننگ۔ مذہبی طور چھہٕ تم یہ ثابتھ
کران زِ پتھ ظالمس چھہٕ ظلمک سزا ضرور میلان۔ تم چھہٕ یہ
واضح کران زِ یُس پتھ ووٚوِی سۆ تیتھ لونہٕ۔

چک وال پاٹھرس منز چھہٕ گوڈنیتھ گرٲوس لوکن برونٹھ کن
پیش سپدان۔ اَمہٕ کنہ عیال چھہٕ سٹیجس پیٹھ یوان۔ یمو چھہٕ آسان
زُو جان کرِتھ زمینہٕ منز فصل حاصل کوٚرمُت تہٕ شقدر چھہٕ گژھان
حاضر۔

شقدر، پٹواری تہٕ کاردار چھہٕ اَمس ترٛٹی جوڈ ہیوان۔ یہٕ

گرٛدٕس چھُ تحصیلدارَس درخاس دِوان مگر شنادی چھس نہٕ سپدان
اَتھ منٛز چھُ چک دار نہٕ چک دارسٕنٛز آشنٛیٖنۍ حاضر سپدان۔ ترٛیئے
حصہٕ چھُس چک دار کھیوان تہٕ اَکھ حصہٕ چھُ گرٛیِٚستس روزان۔
چکدارُن منشی تہٕ چھُ حاضر گژھان تہٕ سُہ تہٕ چھُ کینٛہہ حصہٕ ہَنٛ غبن کران
گرٛیِٚسٕتیس تہٕ چکدارس چھِ لڑائے گژھان۔

صُلح کرنہٕ خاطرٕ چھُ چکدار گرٛیسٕتیس پننِس نوکرسٕنٛدِ خاطرٕ
کورِ مانٛگِے گژھان۔ چکدار چھُ اَمِس یِنٛڈ پیٹھ کھیسٕتھ لَتہٕ موٚنٛڈ کران
گرٛیِٚس چھُ ڈام لاگان تہٕ ڈاکٹر ییٚلہٕ چھُ یِوان اَنہٕ سُہ چھُ یہٕ لیکھتھ
دِوان زِ اَمِس چھُ ضرب شدید آمٕت دِنہٕ۔ تِکیازِ اَمِس چھُ گرٛیِٚس
روپیہ دِوان۔ چکدار تہٕ اَمۍ سٕنٛدۍ اَوالی موالی چھِ گرٛیسٕتِس روپیہ تہٕ
دِوان۔

اَتھۍ دوران چھُ جونٛہہ ورینٛک آغاز سپدان تہٕ گامَس منٛز چھُ
لیڈر اَکھ یِوان تہٕ اعلان کران زِ زمین سگے کاشتکارَن ہٕنٛز۔ یہٕ اعلان
بوٗزِتھ چھُ گرٛدٕس لیڈرس نِشہٕ گژھان تہٕ اَمِس کینٛہہ روپیہ رشوت
دِتھ زمینَس مکمل قبضہٕ کران۔

اَمہ پَتہٕ چھُ ییٚہو سے کاشتکار بوے زمیندار آسان تہٕ سیٚٹھا
بجاہ آسان۔ سُہ زمیندار ییٚمۍ اَمِس ظُلمٕ کوٚرمٕت اوس چھُ خاکراتھ

منگنہ اُمِس کاشکارس نیشہ پوان۔ اَمہ وزِ چھُ خاصُر احد منگن دول بیچھ گنز

ہم کلام سپدان :

در باغ سرِ نفسہ خود چھے امیری مردی

در باغ دیگرے نقطن نگری مردی

گر بہ دولت بہ رسید مست نہ گردد مردی

در بہ ذلت بہ رسید شِکست نہ گردی مردی

مردی نہ بود فتادہ را پاسے زدن

از دست خدا دیہے دس بگری مردی

کأشرِس منز چھُ یِم شارِ ونان :

دِلک ولولہ راوراوان غریبی

دِپاغنس بِنُن حسن نہ تھاوان غریبی

کمن نتشہ بازن خویش لوٹھ جوانئ

ژھوٹن بیچھ ڈُلِہِ دیا و ناوان غریبی

یمن راجہ دارن پھوے راج روزیا

اَکِس ہِشون نِشکس دیاو ناوان غریبی

... ... ... ... ... ...

نوِس زمیندارس چھُ گرُزھان عاد۔ لُوٹکس چھُ ونان زِ یمن

دیہ کینہہ خاراتھ تہٕ اوترٕک شاہ چھُ اَنہٕ گُس گدا وٕنیتھ چھُ پاتھر ختم
گژھان۔

جارج گریرسن چھُ وَنان زِ لفظ "درد" چھُ سیٹھا پرٕون لفظ
تہٕ یہ لفظ ین لوٗگن ناو چھُ سُہ چھُ سیٹھا پرٕون قبیلہ اوسمُت تہٕ اَتھ
قبیلس چھُ سنسکرتس منٛز "دردا" ناو اوسمُت۔ یوٗنانی تہٕ رۄمی
چھِ اَتھ مُلکس منٛز سُہ علاقہ شامِل کران یُس ہندوکش بیٚیہ ہندوستان
کین سرحدن تام چھُ پھٲلِتھ۔ کٔشیر چھُ یہ دردستان سیٹھا نزدیکھ
ڈٕنی کین چھُ گُریس وادی تحصیل بنٛڈ پور کِہ طرفہٕ تہٕ لداخ وادی گاندربل
تحصیلہ کِہ طرفہٕ اَتھ سیتؠ رَلان۔ اَمہ دردستان پیٚیٹھ چھُ کٔشیر
وارِیاہ حملہ سپدی مٕتۍ تہٕ کٲشرِ ہنٛدِس لسنس بسنس پیٹھ سیٹھا
اثر ترٛوومُت۔ اَمہ علاوٕ چھُ کٲشرِ زبٲنۍ پیٹھ دردی زبٲنۍ ہنٛد
سیٹھا اثر۔

"درد" چھِ اَماپوٚز اَمہ پیٹھ اکثر حملہ آور سپدی مٕتۍ۔ لہٰذا چھُ
تمہ کیس نتیجس منٛز سیاسی یا سماجی اثر انداز سپدِ مُت۔ توٚے چھُ لکہ سیاستس
منٛز اَسی دٔرِ پاتھر جُشنَن منٛز وُچھان۔ دُرز چھِ وٕنی کین اَسی
تیمِس زبانِ ناو دِوان یُس گُریس وادی یا مُلحقہ علاقَن منٛز چھِ بسان
یا دردَن ہنٛدِس نسلس سیتؠ تعلُق چھُ تھاوان۔ اماپوٚز کٲشرِ بنود

اُمیس پاٹھر ۔ پاٹھر گوٚو بیٚلہ سٹیجس پیٹھ اَڈان چھِہ تیٚلہ چھِہ درد شانگ
تہٕ کاشرین ہُنٛد توٗلُق ناکارہٕ پاٹھو دریٚنٛتھ یوان۔

محمد سُبحان بھگت چھُ دٕرزٕ پاٹھر پیش کران لیکھان زٕ "درزٕ
پاٹھر چھُ کاشرین لوٗکن ہنٛدٕ کالہٕ سپدٕ وٕ بیتٕن ظُلمَن ہُنٛز عکاسی کران
بادشاہ چھہ اَمہِ پاٹھر چہ روایژ ہُنٛز پیش کران یِتشہِ چھیٚ ہر وقتہ حملہ
آورن ہُنٛز شکار سپدٕ مٕژ۔ یِمَن مقابلہ ہر وقتہ کاشر لوٗکو آواز بُلند
کٔرمٕژ بغاوت تہِ کٔرمٕژ چھےٚ۔ یہ پاٹھر چھُ تیٚمہِ زندٕ مثال۔ تِمہٕ وقتکو
ظُلم بادشاہن ہنٛز عیاشی تہٕ لوٗکن ہنٛز غُربت چھےٚ ژٕرِھ ژٕرِھ
وپشِھ نادٕ یوان۔"

یہ پاٹھر چھُ اَکھ موسیقی کار جاژ یتھ شورٕ گرٕھان"
یمہ چھِہ دٕرد نیہ منز سازوایان تہٕ دردٕ راجہ چھُ سٹیجس پیٹھ یوان"
راجس چھِہ نٕ دٕرزٕ اَنٛدٕ اَنٛدٕ آسان۔ درزن ہُنٛز کام چھِہ زٕنہِ گنٛڈ
پور کران۔ دردٕ تہٕ دٕرز چھِہ سوٕ نیہ سیتو ژٕن شور کران۔ اَکھ
زٕنہِ مسخر چھُ راجس کرشہ تیل نیرتھ گھل بلی کران۔ راجہ چھُ ناراض
گرٕھان تہٕ مسخرس چھُ گرٕ والان۔ بٹہ تہٕ چھِہ کیٚنٛہہ مسخر سٹیجس
پیٹھ یوان تہٕ راجس سیتہِ تُلان۔ یِمن سارنٕی چھُ راجہ گرٕ والان۔"
پتہٕ چھِہ مسخر زٕ کی وَنان۔ اَکھ مسخر چھُ لوٗکن کُن وَنان زٕ دردٕ راجہ

تہٕ دٕرزن چھُنہٕ زُو۔ اَمہِ سیٖتۍ چھُ اَمِس یہِ وَنُن زِ راجہ چھُ مٔستی سیٖتۍ
پٔژمُت۔ راجَن ہٕنٛز عیاشی پیٹھ چھُ یہِ پاٗنٛتھر اَکھ ٹٲنٛٹہٕ۔ اَکھ مَسخرٕ
چھُ یہِ کوٗشِش کران زِ مسخرٕ گرٕنٛدھن زِ ژٕھس (راجس) یِزتھ کٔرِن۔
تکیاز خوداین چھُ تٔمِس یِزتھ بخشٕمٕژ تہٕ باقے چھِنہٕ تہٕ نٲنہٕ خاطر
تیار۔ اَدٕ چھُ مسخرٕن راجَس کیٛنٛہہ منٛگُن ہیٛچھناوان۔ اَکھ چھُکھ وَنان
زِ فارسی، کٲشُر تہٕ پنجٲبی پاٹھو کیٛتھ کٔنز گرٕنٛدھ منگُن۔ بیٛیلہِ منگنہٕ پٮ۪تہٕ
باقے مسخرٕ ژٕھس مسخرَس چھُ پٮ۪ژھان زِ تٔمۍ کیاہ کوٗر حٲصِل۔ راجَس
نِشہِ سہٕ چھُ ٹٔٹہٕ کٔرِتھ تٔمۍ وَنان زِ یہِ چھےٚ افسوسہٕ بغٲر نہٕ کیٛنٛہہ۔ بیٛیلہِ
سُہ تٔمۍ چھُ اَچھٕ نٕ ہاوان تمہ منز چھُ تٔمِس گوٚو رٕنگ آسان۔ راجَس
چھُ شرارتھ کھسان تہٕ سُہ چھُ تٔمِس اَتھَن کرِ والان۔ ژٕ ییٛتھ مسخرٕ
چھُ کرٕکھ دِتھ وَنان۔ "اے ہیاپہٕ خوداہو! یہِ گوٚو کَو گژھ کھنٛجہ پیٹھ
حال۔ اگر بتہٕ ژھارو تیٛلہِ کیاہ بنہِ۔"

اَدٕ پتہٕ چھُ مختلف وَقتَن پیٹھ مختلف مسخرٕ پنٕنہِ زِنٛدٕ
رُوزنہٕ خاطرٕ راجَس مختلف چیز منگان مگر کرِ بغٲر چھُنہٕ تمَن کیٛنٛہہ
حٲصِل گژھان تہٕ پتہٕ کٔنز چھُ ظُلما کٔرِتھ راجہ سٟتیٖجہ پیٹھ وَسان۔
یہِ سورُے پاٗنٛتھر چھُ تمَن دٕرد، حمَلہ آورَن متعلق ٹٲنٛٹہٕ یِم وِز وِز کٲشرِن
پیٹھ حملہٕ کٔرِتھ ظُلم اَسی کران۔ پرٕز چھُ زِ یہِ پاٗنٛتھر چھُ پرُون۔ تکیاز

دردِ حملہٕ آور تہٕ اُسہِ کٔشیرِ اَپُرٕ وٕنہٕ تھٕ پیوان۔ یہ وَنُن چھُ توٚسے بَرٕز
زٕ کٲشِرِ ہمہٕ لگہٕ سیاسَتَن چھُنہٕ کانٛہہ ظالم تُسنہٕ تہٕ زٕرکہ بغائر ثٕدوشُت۔
یوٚدوے تِم ظالم ییٚن بٔیہٕ ییتھ دُنیاہس تمن گژھہ ہے لگہٕ سیاست
پٕرُتھ شرمندگی۔

# پٔنٛژِم کتھ

دُنیہِ کِس جمہوری نظامَس منٛز چھےٚ سیاست ژۄن درٕین ہِنٛز
سیاسَت۔ تِمٕۍ دٔرِ چھہ سیاسی شعور تھاوِتھ جمہوریتُک نظام چلاوان۔
یِم چھہ بانہٕ اقتدار حاصل کران۔ نتہٕ اقتدار حاصل کرنہٕ خٲطرٕ مخالفتھ
شوٗرٕ کران تہٕ وقت وٲتِتھ اقتدار حاصل کران۔ بعضہٕ کُنہِ یُس سیاسی
طبقہ چھُ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ دلچسپی نِوان۔ کٔشیرِ ہٕنٛزِ تٲریخس پیٹھ نظر
ترٲوِتھ چھےٚ یِمَن سیاسی طبقَن منٛز ترٛۄنَوے قسم لبنہٕ یِوان۔

کشیرِ منٛز ٲس ہیٚنٛدِ ہِنٛدِس وقتس منٛز بادشاہَس علاوٕ
"دمرٕ" سۄ سیاسی جماعتھ یۄسہٕ حکمرانَن پیٹھ پننہِ راے مُسلط ٲس
ہیکان کٔرِتھ۔ راج ترنگنی منٛز چھُنہٕ صرف دمرن ہُنٛز ذِکرٕ آمُت بلکہ
چھےٚ للتادتیہ پتہٕ یِنہٕ والین بادشاہَن ہٕنٛدٮ۪ن دَوران زِ تِم گرٛاہن نہٕ دمرن
زیادٕ دولتھ دِنی جمع کرنہٕ، تکیازِ تِم مانَن نہٕ حکمرانَن ہُنٛد حکم۔ یہ
طبقہ چھُ سُہ طبقہ یُس زمینُک مالکھ بنِتھ حکمرانَن کھوژناوان
اوس۔ بٲیہِ ٲسۍ یِم بادشاہن سارِوے کھۄتہٕ زیادٕ فاصلہٕ نِش
منٛز اثر انداز سپدان۔ یِہُنٛز کُنز ٲسۍ تانترٕ، اکنگہٕ تہٕ لون یِم طبقہ یِم

پَتھٕ نیو جنگی تہٕ فوجی تجربو کیتھ بادشاہَن خلاف یا تہٕ جنگ کرناوان تہٕ
تِمَن پانس مواُفق فاصلہٕ نیاوان ناوان۔

پیٹھٕ مسلمان، چک، مغل، افغان، سکھ تہٕ ڈوگرٕ
حکمران کشیر پیٹھ حکومت اُسی کران تیٚلہٕ اوس برہمن، پیر،
ریشی، سیّد، کارخانہ دار تہٕ بییہ طبقہ بادشاہَن پیٹھ اثر انداز سپدان
اما پوز ییس دور تہٕ اوس تمہ منٛز اوس بنیٛادی طبقہ اکھ غٲر سیاسی
طبقہ۔ یِم مشکلٕ سان پنُن گُزارہ اُسی کران تہٕ بادشاہَن ہندین کھیلن
منٛز اُسی نہٕ شامِل سپدان۔ امیُک معنی چھُنہٕ یہِ زِ یِم عام لوکھ گیا
اُسی سیاستہٕ نِش بےخبر۔ تِمَن اُسی پننی احساسات بدستوٗر تہٕ تِمَن
احساساتَن اوس سُہ تکھ کھوٚن ہُکہ باتَن، لکہٕ ڈیلَن تہٕ لکہٕ بأتھرَن
منٛز پیش کران۔ یِم تمام احساسات چھِ اَسہٕ تام واتی مِتی۔ اما پوز واریاہ
کینٛہہ چھُ تأریخن اَسہٕ نِشہٕ ہمیشہ خأطرٕ ضایہ کوٚرمُت۔

کشیر اوس نہٕ حال حال تام کانٛہہ خاص سیاسی نظام
ییتھ پیٹھ تِمَن فخر گژھہ آسُن۔ ۱۹۴۷ء ہس تام ووچھو اَسہٕ صرف
بادشاہت۔ یہِ چھُ پزر زِ تأریخ چھےٚ اکہٕ سماجک سُہ ارتقا ییتھ منٛز
کانٛہہ خاص تبدیلی چھُنہٕ ممکن یوٚت تام نہٕ سُہ قوم پانہٕ بدلنٕچ کوشش
کرِ۔ کأشرِس پیٹھ صرف اکھ خوٚشحٲلی ییتھ چھےٚ سعہ پٔتھ چھےٚ یہِ زِ مُسلسل

غولٲمی بادٕ چھوٚد رۆدمُت زِندٕ ۔

کٲشُرِس سماجس منٛز یُس غیر سیاسی طبقہ رۆد سُہ چھُ وُنہ تہٕ
کٲفی تہٕ وُنہ تہٕ چھُنہٕ بدلنُک شوق ۔ مُہذب مُلکن منٛز تہٕ چھُ یہ طبقہ
سیٹھا بوٚڈ مگر تِمن منٛز چھےٚ اکھ فرق ضرور سو فرق گو یہ زِ تِمو کوٚر
ورٕ ورٕ بدلنٕچ کوشش ۔ کٲشُرِس کوُرُس جیسن تہٕ غولٲمی ختم ۔ وُنہ کوتاہ
کال لگہِ کٲشرِس سماجس اکھ متوازی سماج پادٕ کرنس منٛز تہٕ ہیکو
نہٕ وُنِتھ ۔ اما پوز ۱۹۴۷ء پتہٕ گےٚ وارِیاہ چیز بدلان تہٕ وومید چھےٚ
بروٚنہہ کُن ماگرِتھ لکہِ سیاستس تہٕ بالائی طبقچ سیاسٕژ واتھ ۔

وُنیستام چھُ یہ حال زِ کٲشُر لکہِ سیاست چھےٚ حکمران طبقچ
سیاسٕژ تہٕ بالائی طبقچ سیاسٕژ نِشہٕ سیٹھا دوٗر ۔ امہِ دوٗر رُوزنُک سبب
چھُ لکہِ سیاستس منٛز اکھ اہم پہلو تہٕ زِ یہ چھےٚ عام سیاسی لاین
پیٹھ ژٕلنٕ تہٕ ٹٕسنہٕ ۔ یانی اکھ شخص لکہِ سیاستس پیٹھ نظر تراوِ تام
لکہِ تِمس پتہٕ زِ لکہِ سیاست چھےٚ تنقید تُرٕ تہٕ تعمیر کم ۔

لکہِ سیاستس اگر سون حکمران طبقہ تہٕ بالائی طبقہ غور سان
ژھانڈِ تہٕ یہ تِمس لکہِ اکھ نصیحت زِ تِمن چھُنہٕ لوکن سیتی کانہہ
واتھ ۔ تِم چھِ لوکن نِشہٕ سیٹھا دوٗر تہٕ لکہِ سیاستس منٛز چھہ تِم
صرف استحصال کرنٕچی ذمہ وار ۔ لکہِ سیاستس نِشہ چھُنہٕ یہ کُنہ اہم

زِ تِمَن کُس نظام حکوٗمتَس چھُ، تِمَن چھُنہٕ یہِ مسلہ زِ تِم چھا مُلکی
فیصلہٕ نِوان کینہ نہٕ۔ تِم چھِ حُکمران طبقس تہٕ بیٚیہِ بالائی طبقہٕ کین
لوکَن ہُنٛدین اُصوٗلَن تہٕ اعمالَن کُن نظر تھاوان۔ چونکہ تِم چھِ یِمن ہُنٛدین
اعمالَن تہٕ اُصوٗلَن سیٹھا فرق وُچھان۔ لہٰذا چھِنہٕ تِم یِہندِس
سیاستَس سیٹھاہ واٹھ تھاوان۔ تۄہیہ چھےٚ تِکہ سیاستَس اَکھ بیٚون
سیاست تہٕ اَکھ بیٚون نظریہ۔

حُکمران طبقہ تہٕ بالائی طبقکو لوٗکھ چھِ یہِ ناٹہِ نہٕ تِکہ سیاستس
نظرانداز کران زِ یہِ چھُ غیر سیاسی طبقُک ترجمان تہٕ تِم چھِ سیاستکہ
مقصد نِشہٕ بےٚ خبر۔ یہِ ما آسہِ مُہذب مُلکن منز یِزار مگر ترقی پذیر مُلکن
منز چھُ اکثر یہِ سوچُن غلط تیٚلہ زِ ترقی پذیر مُلکن منز چھےٚ وُنیکین سیاسی
اُصوٗلَن تہٕ سیاست دانن ہُنٛدین اعمالَن سیٹھا فرق۔ یِہ دۄیے کُنٛڈا کرنہٕ
باوجوٗد چھُنہٕ ترقی پذیر ممالکن منز تِکہ سیاستس منز کانہہ فرق آسان
یہِ اعمالَن تہٕ اُصوٗلَن ہُنٛد تضاد چھُنہٕ بلکل ختم کرُن ممکن
نہٕ چھُس یہٕ اَتھک دعواہ۔ اما پوز چھُ یادی مسلہ چھُ زِ سیاسی تیٚلہ
تہٕ سیاسی عمل گژھِ تیٚلہ ہم آہنگ سپدُن یوت زِن ممکن آسہِ
امریکی سیاستَس تہٕ امریکی آئینس بیٚشکم فرق آسہِ تیٚلہ آسہِ
تِکہ سیاستس منز استحکام۔ یۄت ہندوستانکِس آئینس تہٕ اَمہِ

نِفاذَس فرق آسہٕ تیوٗت آسہٕ زِ اَکہِ سیاست حُکمران سیاستہ نِشہٕ بٕتھٕ وٲن۔
جمہوری طرزِ حکوٗمت تہٕ جمہوری سماج کیٚنٛسو ترادُھ اَگر سماج وادی
نظام آسہِ بروٗنٛہہ کُنہٕ تھاوَن آسہِ لَبَو زِ یہِ فرق سماج وادی نظام کین
اَدٲصوٗلَن تہٕ آمہِ کین نِفاذَس منٛز آسہِ سۄہ فرق آسہِ آمہ نظام کِس
بانٛیی سیاستَس تہٕ اَکہِ سیاستَس۔ یہِ چھُنہٕ مُمکِن زِ سماج وادی نظامَس
منٛز ییٚیہِ اَکہِ سیاستَس تحقیق کرنہٕ۔ تِکیازِ رۄس یا چیٖن ہیوٚہ سماج وادی
ریاستَن دِنہٕ آمہِ وسیع تحقیق کرنَس اِجازَتھ۔ اما یوٚزِ تتھ آسہِ تیٚزی
فرق یَمَن دۄن سیاستَن بیٚیہِ جمہوری نظامَس منٛز مُمکِن چھےٚ۔ تِکیازِ
کہہ وٹھ چھُنہٕ نظام حکوٗمت بَلکہِ اعمال۔

یوٚت تام مطلق العنان نظام حکوٗمتَن ہُنٛد تعلق چھُ۔ تَتھ
پیٚٹھ چھےٚ فرق سارِوٕے کھۄتہٕ زیادہٕ۔ اگر مطلق العنان حکمرانٕ افلاطوٗنن
فلسفی حکمران آسہِ یُس نیک تہٕ رُت تہٕ آسہِ تو تہٕ آسہِ اَکہِ سیاست
تمہِ بٕنٛہِ سیاسَت نِشہِ بلکُل مختلف۔ تِکیازِ نفسیاتی رَنٛگَس منٛز آسَن
لۄکھ غارٕ مُطمیٖن۔

آخرس دَپہٕ بہٕ یہِ زِ اَکہِ سیاسَت چھُ شہ سیاسی تصوٗرَس
حقیقی طور شوٗد تہٕ اصلی چھُ۔ یہِ چھُ اکثریتُک تصوٗر۔ یہِ چھُ بےٚ غرض
لوٗکَن ہُنٛد تصوٗر تہٕ یہِ چھےٚ سو سیاسَت یُس موٗشوس چھےٚ سپدان۔

یہٕ چھےٚ تمس شخصس سپٕدن سیاست یُس پانے آرمیشگ مرکز چھُ تہٕ پانے
سوچن وول۔ یہٕ چھےٚ نوکتن سیتۍ زندٕ روزان تہٕ کینژہ لوکن ہیتھ
مران۔

# کتاب نامہ


| لیکھن وول | کتاب |
|---|---|
| پروفیسر محی الدین حاجنی | گُکہ رَس |
| " " " | دیوان وہاب |
| موتی لال ساقی | گُکہ باٴتھ ( پاثر ترجمہ ) |
| پروفیسر شام لال سادھو | بیر بن |
| M. Duverger | دی ایڈیا آف پالٹکس |
| Prof. Robert Dhal | Modern political Analysis |
| Sociology | Broom |
| شیخ عبداللہ | ستیش وشواناتھ |
| پریمناتھ بزاز | سٹرگل فار فریڈم اِن کشمیر |
| حسن | تاریخ حسن |
| Eckstein & Apter. | Comparative politics |
| Lawrence | The valley of Kashmir. |
| P.N.K. Bamzai | A History of Kashmir. |

American Politics & Govenment. (Essays) Stephen K. Bailey

Folk tales from Kashmir. پروفیسر شام لال سادھو

عبدالاحد آزادؔ کشمیری شاعری اور زبان

ٹاک زینہ گری کأشر لُکہ کتھ

کلہن پنڈت مرتبہ سٹائن راج ترنگنی

Kashmir. Younghusband

Tales from Raftarangni پروفیسر شام لال سادھو

Hindu History of Kashmir. Wilson.

A History of Kashmir جے ایل، کول

اوتار کرشن رہبر و غلام

نبی خیالؔ کأشُر نثر

۹ جولائی تہ ۱۶ جولائی ۷۳ء پمپن



منظور فاضلی صاحب چھ تحصیل بڈ پورکس کاہمر گامس منز زامتی۔ یم چھ پنٕنس ڈاوٕشنز ڈایری مطابق اکوہمہ بیساکھ ۱۹۹۰ بکرمی مطابق ترٕیمہ مارچ سنہ ۱۹۳۳ء تتھ مکانس منز زامتی یتھ مؤرخ حسن کھویہامی مرنہٕ کہ دمہ بسان اوس۔ یہنز پرائمری تالیم تیمز نادہ ہال سکولس منز شوٗرٕ، یس وُنی کیس ہائی سکول چھ بنیومت۔ بڈ پورکس ہائی سکولس منز میٹرک کرنہٕ پتہٕ گوو گھ ایس پی کالج سرینگرس منز ایف اے تہٕ امر سنگھ کالجہ وراسے بی اے کرتھ۔ علی گڈھ ایم اے علم سیاسیات کرنہٕ پتہٕ گژھ محکمہ تالیمس منز بحیثیتِ ووہ ستاد کام شوٗرٕ۔ یکم مارچ سنہ ۱۹۶۲ء سیدھ یم امر سنگھ کالجس منز بحیثیتِ لیکچرار مُتعین۔ او پتہٕ روٗدی یم سنہ ۱۹۶۶ء پیٹھہ ۱۹۷۱ء تام ایس پی کالجس منز کام کران۔ دوہمہ جولائی ماد ہمہ مئی سنہ ۱۹۷۳ء روٗدی یم سوپور کالجس منز تتہ پیٹھہ یم ریسرچ کرنہٕ خاطر رخصتس پیٹھ گئے۔ وُنی کین چھ آدے موجوب یم شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سیتۍ وابستہ۔ مختلف ادبی کامیونہٕ مضمون لیکھنہٕ علاوہ چھ وُنتام یہند دستہ یمہ کتابہٕ چھاپ سپزمژ:

(۱) سیاستچ پاٹھ وزان (اکھ کتابہ چھ کشمیر کلچرل اکیڈمی طرفہ یمن انعامہ توتمت)

(۲) منور شاہ

(۳) لکہ سیاسہ،

امہ علاوہ تہٕ چھے یموٗ کینہہ کتابہ مکمل کرمژ۔ یمہ عنقریب یژان والین برونہہ گژھن ترادہ پن۔ امہ لوز یہنز اشاعت چھٕنہ پی ایچ ڈی کہ تکمیلہ برونہہ ممکن۔ کامہ علاوہ چھ فاضلی صاحب انگریزی یس منز تہٕ لیکھان۔